# کیا لیوٚکھنم قلمن

(شعرِ سوٚمبرن)

بہ
پیر حسن انظر

ناو : غلام حسن پیرزادہ

قلمی ناو : پیرحسن انظرؔ

پتہ : سیکٹر 'H' ہمدانیہ کالونی بمنہ سرینگر

زا جاے : کونن-بانڈی پورہ

مشغلہ : (سأبق سینئر سپرانٹنڈنٹ آف پولیس)

ترتیب وتہذیب: شہزادہ رفیق

کمپیوٹر کمپوزنگ : سلمان شوکت تہٕ محمد یوسف

گوڈنیک چھاپ : ۲۰۱۴ء

تعداد : ترٛےٚ ہتھ

قمت : ڈوڈٕ ہتھ روپیہِ

کتاب میلنگ پتاہ:

۱۔ کتاب گھر مولانا آزاد روڈ سرینگر۔

۲۔ سکندر نیوز ایجنسی امیراکدل سرینگر۔

۳۔ لون نیوز ایجنسی بانڈی پورہ

انظر پبلی کیشنز بمنہ سرینگر

# انتساب

پننہِ نس مأِلس تہٕ ماجہِ ہٕندِ ناوِ
خدا صأبا! تِمن پٔتھ گٔرتہٕ رحم یمو بہٕ ژٕ وُچھہس
تہٕ پولہٕ ہس!!



الٕمن کھاٮِٔجنس چھُم نہ ہمن تے
کیا لیوٚ کھنم قلمن ________________

رحمٰن ڈار

# فہرست

☆ غزلہٕ تہٕ نظمہٕ (از کالہٕ چہٕ):-

## نظمہٕ تہٕ غزلہٕ (ابتدائی دورچہ):-

# سوٗنتہٕ واون شۭچھہ نوے یژ کاٗلی وٕنۍ

یێلہِ ںہٕ یہِ پزٕ نکارنہٕ ہیتھ ہیکہ زِ شعوٗرس پێٹھ گذریمتین واقعن ہُنْد ــــ یم تواریخ چھِ بنان ــــ تہٕ دیپد مان وأری داتن حأری ثاتن تہٕ حأدی ثاتن ہُنْد اثر چھُ ٹاکارٕ پأٹھی پنٕن عکس تراوان تہ یتہٕ والہِ وقتہٕ باپتھ چھُ اکھ گُمان وو پدان' تیلہِ چھُنہٕ یہِ وُنن گلی طورتہِ غلط زِ فنکار چھُ ازکالس منٛز زُوان تہٕ یتہٕ والہِ وقتہٕ خاطرٕ ہیکہِ چھرا اکھ گُمانہٕ کُرِتھ' تہٕ فنکارانہٕ وُطیرٕ پنٕن اوٚند پوٚک کێاہ سوٚم دُنیا تعمیر کران ۔ یوہے اظہأری فن چھُ دراصل وتہٕ ہأوی ظوٗنگ سکت تھاوان تہٕ چھوکہٕ دأوی احساسن چھلہٕ ودلہِ کرنہٕ آمتین انسأنی رشتن پننی بُنیأدی پزٕ زنتھ حأصل کرنہٕ باپتھ بأغی بناوان ۔ پیر حسن انظر صأبنہِ ''کیا لیوٗکھنم قلمن'' شعرٕ سومبرنہِ منٛزتہِ چھُ اسہٕ اکثر یوہے پیغام درٛنٹھی گژھان تہِ کیازِ پیر حسن انظر چھِ شعوٗری طور محسوٗس کٔرِتھ جذبن زبو دِوان ۔ مثلاً سأنی مأج کٔشیرٕ چھِ دِیان گبرن تہٕ کوربن کرہٕس وتہٕ وبلأ ے ۔

یتھ بستی منٛز کی اوس وُچھمت یتھہٕ کنٕی موتٕگ پاگل پن

یوٗتاہ ماتم اوس نبن کر سوٗ رمُت صبح وشام سیاہ

کمی اچانک شاپھ یتھ چمنس چھُ دیٚتمُت انظرآہ
بُلبُلن تے پوشہٕ نۆلن چھم کجر ہاوے وولو

یہٕ گھرٕ اوس یؠ تام گلزار ہیؤ!
پُترٕ مُت چھنس کمیٚ ووں اوش تےٚ ہٕشرٕ

سوہنیٚمؠ ہوشہٕ ڈٲجمؠ زۆن از
ظٲلمو زن تاوِ تجمؠ زۆن از

لتہٕ اوس گھراہ نیک خوش اطوار لۆکن ہُند
لہرو وکمیٚ تے کُس یہٕ دٕتر بنگہٕ ۄ وِتھ گوٚو

فنکار چھُ تیمیٚ بُتلہِ ہُند روزن وول' ماز کریٚنز تہٕ وزل رَتھ تھاون وول منُش ۔ پننہِ أندیٚ پکھتیگ اکھ حساس رنگ، بقولِ بریخت، کتھہٕ وَنوتہٕ کیٛاہ وَنو چھُ اژھیٚون رشتہٕ تھاوان یمن بیٚون بیٚون کرِتھ ہیکو نہٕ أسی اظہارس تہٕ فن پارس منٛز حسن وو پدٲ وِتھ'' جمالیات چھُ تِتھہٕ کنۍ اکھ نظریہ بنان یُس زُولی عالمک حُسن ونہِ چھُ کڈان، سمأجی تہٕ فطری رونہٕ ظولنس نزدیکھ اَسنہٕ کنۍ چھنہٕ کأنسہِ انسان سُند عام پأٹھی تہٕ فنکار سُند وٲطیرٕ خاص پأٹھی انحرٲفی آسُن صحیح باسان ۔ تجزیٲتی سۆتھرس پیٹھ سرنہٕ سزنہٕ ستی چھُ پےَ لگان زِ رُت باسنگ یا رُت آسنگ یتھ أسی خوبصۆرتی چھِ ونان چھنہٕ پربتھ سماجس منٛز ہشر

تھاوان۔ یہِ چھُ سطحی طور جمالیٲتی تصور تسلیم کرنہٕ یتھ۔ تصوٗر ییٚلہِ عالمی قبوٗلیت پراوِ یا پراونچ کانٛہہ گنجایش تھاوِ یہِ چھُ اصوٗل بنان۔ یہِ گژھِ پرتھ ربوایژ پیٹھ برتری حاصل کرُن۔ شاعر، ادیب تہٕ فنکار گژھِ نہٕ بےٚ ڈھنگ تہٕ بےٚ قایدٕ آسُن۔

یہِ سومبرن "کیاہ لیوٚکھنم قلمن" پرٕتھ چھُ اکثر محسوٗس سپدان زِ پیر حسن انظر چھِ اظہارس منٛز جمالیٲتی ظونٛگ یوٚہے تصوٗر ورتاوان یُس حقیقی چھُ۔ قابل فہم تہٕ قابل ادراک چھ۔ اتھ منٛز چھُ باوتھ تہٕ روٗئی یہِ یکوٹہٕ زٕلتھ اکھ جمالیٲتی شعوٗر تہٕ رونہٕ ظونہٕ خاطرٕ سرگرم گژھنہٕ موکھہٕ ول آزٕ ماوان۔ اتھ منٛز چھنہٕ سیاسی منٛزر یا فلسفانہٕ گٹہٕ زول یُس پرن والِس ناراضگی یا مایوٗسی پاد کران۔ لفظن منٛز زندگی تہٕ زندگی ہندی وسنس انن واجینٛز شرارت ٹاکارٕ پاٹھی عیاں، فنکارانہٕ شرارتھ چھِ شدتِ جذبات تہٕ احساسک نتیجہٕ آسان۔ پیر حسن انظر چھِ فِکر تہٕ شرارت جذباتن حوالہٕ کرنہٕ بدلہٕ جذبس پننہِ اظہارُک مُدعا تہٕ مقصد بناوان۔

لُکھ وچھان بس آسہٕ وُنِس میانِس بُتھِس، ونہٕ کیاہ تمن
چھُم دِلس منٛز کُس طُفاناہ کُس منٛزر ہاوِ ولو

اَز تہِ چھُکھ سقراط کُس تام مورمُت
بازرن منٛز بےٚ یہِ لگن اَج منٛز چھِ چھگ

وۄن نا گۆژھ نہٕ سہلاب پیۆن روتلی ییتھ
کولن آب کوتاہ ہُریومُت ژٕے وُچھ تھاہ

وُٹھن چھِ ازلے مےٚ تریش لیکھتھ
چھُ ناگ تامت سراب باسان

خدایہٕ زانہہ تہٕ گۆژھ نہٕ پیۆن جدا گرٛھن وۄن پانہٕ وأنی
زانہہٕ تہٕ یہٕ لولُک فِضا گرٛھن مہٕ اشکبار ہیٚوٚو

یمن شعرن منز چھُ کرب، اضطراب، بے قرأری تہٕ زوٲلانن منز بند انسأنی تحریرس، تقریرس تہٕ حالاتن بُتھہِ لکنُک ترغیب دِنہٕ آمُت۔ یتھ فنکارانہٕ مہارتھ وُزنأوِتھ، شانت سۆد رکہِ سوبأوی وُطیرٕ سونچہ تھز رٕ بخشنہٕ چھُ آمُت۔ باسان چھُ زِ پیر حسن انظرس چھُ تحقیقی عناصر تہٕ فکری تاثرٕ کہِ اہمیژ ہُند پۆرٕ پےٚ، تہٕ چھس یُہند اتحاد تہٕ یکسویی کنی جمالیأتی پأراوُک تہٕ فلسفانہٕ ہمہ گیری پراونُک وَل تہِ معلوٗم۔ یِیمہِ کِنی تھی ہیٚوٚی شعر چھِ سوہبرن منز دنہٕ یوان۔

مےٚ اکھ وأنسا گیٚم ووٚنی پنہِ شہرُک شورو شر بوزان
خبر از پۆت ونن منز وِگنہِ ونہٕ وُن چھا تہٕ رٕژھرأوِتھ

سہٕ چھُ نیب پرٛژھان پرانہِ شہرُک وُنہِ تہٕ وأرانن
تس پوشہِ تن وُچھ سوسنیأمژ تاپہ کراین منز

سہٕ ناوُک پارسا ژکہِ درآو دُشمن
نمو نشہِ دوٗرِ راوان اوس مازس

لیس آے کانٛچھان روٗدکۍ تے زُو جان فدا کوٗر
سۍ شرٛاکھ ہیتھ اوسُم مےٚ زاگان بایہ، ونے کیاہ

ییٚمہِ کتابہِ ہنٛزٕ سارےٚ تخلیقہٕ چھہِ سانہِ پرُآشوب کالچہٕ نفسیأتی ردِعملہٕ کِنۍ لیٚکھنہٕ آمژٕ۔ ازیٖلہِ سیأسی، سمأجی، ثقافتی تہٕ انسأنۍ رِشتن ہُنٛد نفسیات دوٚدرِتھ بُنیأدی سوٚتھرِس پیٹھ زمانہٕ کیٚو ناہنجار واوِ رِنکشوٚستی توہ پھلین ہنٛدی پأٹھۍ وُچھتھ چھِ گژھان۔ اعتبأریت چھِ پٔنٛنۍ پرٛتیتھ لیلام سپدان وُچھان۔ اتھ نسبت چھِ حقیقت پسند وٕطیرِ اختیار کٔرِتھ اظہارس منز جمالیأتی پأراوُک ظون تھأوِتھ باوتھ کرٕنۍ اکھ حوصلہٕ بخش کارنامہٕ۔

مُرس منز چھُ آدم ژمیوٗمت ژٕ ے وُچھ تھاہ
گرس پننہٕ نسے منز کلیوٗمت ژٕ ے وُچھ تھاہ

ریٚشی وأر کتھہٕ کِنۍ مشترُک مأدان بنیمژ
انظر دیان ئلی زاے یتھ خلدِ برٛینس منز

زٕندگی ہٕژن کھرٕ ناون کھوژنہٕ کنیٚ چھُ سأنِس باوٕتس کھر یوان یُس کھر پرن وأرِس کاسُن چھنہٕ تگان۔ یہٕ سون شاعر چھُ کو پتھ گرٕھتھ اکھ تیُتھ ابہام پأدٕ کران یُس ووزم وورُدظون باسنہٕ کنیٚ لوٚکہٕ لے چھنہٕ پرأوِتھ ہیکان۔ سہٕ ابہام یُس علامژن پٔشراونہٕ مگر غیر معروٗضی ہشرٕ ستی چھُ پأدٕ گرٕھان چھنہٕ زبأنی یا اظہارٕ ؤطیٖرس کانٛہہ سوچھ واتناوان۔ یم علامژٕ، تشبیہہ تہٕ اشعارٕ چھنہٕ سیٚدِ سیٚود کانٛہہ تہٕ لغوی رشتہ پأدٕ ہیکان کٔرِتھ۔ مگر "کیالیوٚ کھنم قلمن" کتابہِ منٛز یم تشبیہہ، علامژ تہٕ اِشارٕ استعمال چھِ کرنہٕ آمتی۔ تم چھِ اکھ پیغام دِوان تہٕ ظون وُزناوان' یمہِ ستی فنکارانہٕ جمالیأتی شعوٗرس تو ارتھی پرٛیتھ تہٕ سیأسی، سماجی تہٕ اخلأقی نفسیاتک تعمیری تہٕ وتہٕ ہأوِی ؤطیٖرٕ بارسس چھُ یوان۔

نبرٕ تہٕ چھنہٕ بوزن لایق کینٛہہ
گھرِ تہٕ یوہے زور کوٚل پچھ تالو

ووٚنی ہوشہٕ یتھ ہاران چھُ کوٗتاہ خونِ دل چشمو
گوڈٕ بٔلی کھوتین پوٚسن پٔنن دستار گٔنتھ گوٚو

پیر حسن انظر صأبنہِ یمہِ شعرٕ سومبرنہِ ہُند سرٛنہٕ تہٕ پرٛنہٕ پأٹھی مطالعہ کرنہٕ پتہٕ چھنہٕ یتھ پزرس نکار زِ یہٕ شأعری چھنہٕ سیأسی یا سمأجی انتشارُک فقط انقلأبی نعر بلکہ چھِ یمَدِس باوٕتس منٛز نبہٕ اعرضی احساسات مُشہٕ پزٕ تراون

وول کامہِ دیوتہٕ پننہِ ماجہِ زوٗتہٕ وطنکہِ شاندارتہٕ شہکارتوارٖیخی گرہنٕز وٕنۍ تہٕ سنہٕ وٕنۍ آلوتہِ۔ اَخرس واتہٕ ناوٕ بہٕ پٔنن یہِ مختصر جایزٕ پیر حسن انظر صأبنہِ یِیمہِ شعرٕ ستۍ أند۔

خونہ سٔرۍ آلو ژواپاسے گرٕھان
سوزِ نادے امنگٔے سنطور از



مرکزِ نوٗر
شوپیاں کشمیر

شہزادہ رفیق

# پئنٕ کتھ

پئنٕ گوڈنچ کأشر شعر سۆمبرن ''کیا لیوکھنم قلمن'' پیش کرنس ہتی ہتی چھہ مے مناسب باسان زِ بہٕ دمہٕ پئن اکھ مختصر تعارف تہٕ بیہ کرٕ پنہٕ نِس تخلیقی سفرس متعلق تہٕ کینْہہ کتھہٕ عرض۔

بہٕ چھس کہہ اکتوبر 1956ء کہٕ دوہہ بنڈپورکس اکس لۆکٹس مگر خوبصورت گامس ''کونن'' اس منز زامُت ۔ أکِس معزز پیر گھرس منز زبنہ سبّبہ رُود مے اکھ علمی تہٕ مذہبی ماحول میّسر ۔ 1973ء ہس منز کورم گورنمنٹ ہائی سکول بنڈپورِ میٹرک پاس تہٕ پیوم مزید تعلیمہِ خأطرٕ گورنمنٹ ڈگری کالج سوپور گژھن تکیازِ تمن دوہن اوس نہ بنڈپوری علاقس منز کانْہہ تہٕ کالجاہ۔ سوپور کالجس منز میؤل مے اکھ رُت تعلیمی تہٕ ادبی ماحول۔ شعر گوئی ہُنْد یُس رونہ ظون مے ہائی سکول کین دوہن منزٕ ے کۆر رُمت اوس سُہ گوو وُنی أکس مُتِس شوقس منز تبدیل تہٕ کنوٗہ ؤری وأنسہِ منز پرٕ مے اتی کالج سوتھرکس مشاعرس منز پئنٕ گوڈنچ کأشر غزٕل تہِ یمیُک مطلع یتھ کنٕ اوس۔

بیہِ سمتھ غزلاہ گیوٗو بیہِ لول ورتاوو متو

سونتہٕ واوس ہتی نیرو باغ پھولراوو متو

اَمہِ مشائعرِ چ ریکارڈنگ آیہ کینٛہہ دوہ گوٚھتھ ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھہ
تہ نشر کرنہٕ۔ میٲنۍ میؤل حوصلہٕ تہٕ لوٚگس کاشرِس بلکہ اردوہس منٛز تہِ لیکھنہٕ۔
یمنہٕ دوہن سپٔز میانۍ اکھ اردو غزل تہٕ افسانہ تہِ کالجہ کس میگزین ''ولر'' س منٛز
شایع۔ وارِ وارِ لوٚگس بہ ریڈیو کشمیر تہٕ دوردرشن سرینگر کین ادبی پروگرامن
منٛز تہِ شریک سپدنہ۔ روزنامہ اخبار ''آفتاب'' کیٚن ادبی شمارن منٛز تہ لگی میانۍ
افسانہ تہ غزلہ بیترِ چھپنہ۔ 1977ء ہس منٛز گوس بہ علی گڑھ مسلم یونیورسٹی تہٕ
کوٚرم ایم-اے فلاسفی۔ علی گڑھ کس علمی تہ ادبی ماحولس منٛز روٗدُس بہ پنٛنِس
کلاسس منٛز حسب عادت پوزیشن پراونچ کل آسنہٕ باوجود تہ کالہ پگاہ سپدن
والیٚن سمینارن تہ مشاعرن منٛز شریک سپدان۔ برصغیر کیٚن معتبر شاعرن
نقادن تہ عالمن بروٚنٛہہ کنہ بہُن تہٕ کلامہ پرُن اُسم بڑٕ سعادت باسان۔ ایمہ
زٕہ وری اُسۍ یقیناً میانہ تخلیقی سفرکی بلکہ پوٚرِ زندگی ہٕندی بہترین تہ سنہٕرۍ
ؤری۔ مگر یہ سلسلہ روٗ دنہ زیادٕ کالس چلہٕ وٗن۔ یہ ووت اپریل؍1979ءہس
منٛز تمہ وزِ اچانک اندیبلہِ بہ گندان گندان ایم-اے مکمل کرنس ستی جموں و
کشمیر پولیٚس منٛز ملازم لوٚگس۔ میٲنۍ اُس خواہش زِ پی-ایچ-ڈی کٔرِتھ
کرِ بہ یونیورسٹی منٛزے پرناونک پیشہ اختیار مگر اکہِ لٹہِ تھوٚے خاکی وردی
لاجم پتہٕ موٚکلیوس نہ زانہہ۔ وارِ وارِ گوم سوٗرے کینٛہہ مشتھ۔ پولیس سروس
جوائن کرنس کریوم احترازے مگر گھر کیو لیوکھم چِٹھ منٛز زِ بروٚنٛہہ کنہ
وٲتی متس بتہٕ بانس شوٗبہ نہ دکہ دِیٛون۔ لوتہٕ کوٚرُم جوائن تہ یویَے گوس

31 جنوری / 2014ء کہ دوہہ تقریباً پانژ ترہ وُری ملازمت مکمل کرنہ پتہ سبک دوش۔ یوٚ ہے چھ وجہ زِ میأنی یہ گوڈنچ کأشر شعرٕ سوٚمبرن ہیچ نہ ازتام شایع سپدِتھ۔ میےٚ چھ پتہ تہ یمہ کتھِ ہنٛزٕ خوشی زِ دوہ راتھ آور روزنہٕ باوجود تہٕ رؤدُس منٛزٕ منٛزٕ کینٛہہ ژیٚہہ بچاوان، شعر ونان تہ وُنی مُتِس کلامس سأمتھ سنبھألتھ تھوان یوٚسہ یتھ شعرٕ سوٚمبرنہ منٛزٕ پیش خدمت چھ۔ سرکأری ملازمتس دوران کوٚر میےٚ 2009ء ہس منٛزٕ اردو کلامہٕ ''صبا صورت'' نأوی شعر سوٚمبرنہٕ منٛزٕ شایع تہ ییلہ تہٕ ممکن سپُد بہ رودُس ادبی محفلن منٛزٕ حأضری دوان۔ پنٛژٕ لچھأژِ افسانہ تہ تنقیدی مضموٗن بیترِ تہٕ کرکھ انشاءاللہ عنقریب شایع۔

بہ اوسُس وارِیاہ کالس حافظ تخلص تھأوِتھ حافظ حسن تہٕ حافظ کاشمیری ناو لیکھان مگر اکہِ دوہہ ییلہ میےٚ کأشر ادبُچ تاریخ' پران پران وُچھ زِ برونہہ کالہ تہ چھ رتن پور پلوامیُک اکھ شاعر غلام حسن شاہ حافظ گذریومُت میےٚ دوپ تس تہ میےٚ ہیکہ گُنہ وقتہ گیڈ گژھتھ تہ ممکن چھ میون لیوکھمت کوٚرمت ما گژھِ گُنہٕ دوہہ تمِ سُندس کھاتس منٛزٕ درج تہ بہ روزٕ اتھ ہاوان۔ کینٛژٕ ہو وُرِیو پتھٕ چھم ووٚنی ''انظرؔ'' تخلص راس آمُت۔

یٚمِہ کتابہ ہنٛزٕ کمپیوٹر کمپوزنگ چھ تمہ لیکھن ترایہ نشہ ہنا مختلف اندازس منٛزٕ کرنہ آمژ یوٚسہٕ کینٛہہ کالہٕ پتھ کشیرِ منٛزٕ عام طور ورتاونہ چھ یوان۔ وجہ چھ یہ زِ بہ چھس نہ بلا ضرورت گُنہ تہ اردو فارسی یا عربی کِس لفظس یا اصطلاحس بدلاونس یا مسخ کرنس رُت زانان۔ تکیازِ تمہ ستی چھ اصل لفظس تمہ کِس

مؤلس نِشہٕ ژھین گوٚھان تہٕ ینہٕ وأنِس وقتس منٛز بنہٕ ایمن لفظن ہوٚند سمجھن سبٹھاہ مشکل۔ اکھتوٚے گژھ، ایژھو حرکژ وٕستی کأشُر بولن والین تہٕ عربی فارسی تہٕ اردو والین درمیان اکھ دوٗر بر پأدہ۔ یتھ کتابہ منٛز چھ لیکھنُک طریقہٕ سُے یُس زن ''نیب'' تہٕ ''نہج'' ہوبن رسالن ہٕندی مُدیر ورتان چھ۔

یتھ شعر سومبرنہ منٛز چھ میانین نوبن تہٕ پرانین شعرن ہُند اکھ گلدستہ پیش کرنہ آمُت۔ امہ چھ میانہ زندگی ہندبن مختلف مرحلن ہندی نقش۔ شعر گوئی نسبت چھ میون نظریہ یوہے زِ اکھ شأعر چھُ تِی بھاوان یہ کینٛژھاتس لسأنی روایژ وتہٕ أندی پکھی کیوٚ حالاتو نِشہٕ میلان چھ البتہ تس کوٗتاہ تخلیقی بژر آسہ تہٕ سُہ کوٗتاہ ہبکہ پنُن اظہار مأرِی موٚند بنأوِتھ تتھی پیٹھ چھ سورُے دارومدار۔ اتھ چھ بہر صورت تیٛلے ہُران ییلہ تجربہ تہٕ پوٚز آسہِ تہٕ تخلیقیت تہٕ بدس آسہِ۔ بیٚیہِ ہیکہ اکھ رُت انسانہٕ رُت شأعر تہٕ بٔنِتھ۔ کأنسہِ بے اصول تہٕ دیوانہٕ سُند کلامہ آسنہٕ پریشان خیالی ورأے کیہنٛی۔ یہ چھنا پوٚز زِ اکھ رُت مسلمان تہٕ عاشقِ رسولؐ ہبکہ رُت نعت لیکھتھ تہٕ اکھ رُت شہری یوتوے ہبکہ سماجہ خأطر رُت ادب یا شأعری پیش کرِتھ۔ سأنی ٹاٹھی پیغمبر صاب اُسی تتھی شعرس پسند فرماوان۔ یتھ منٛز اکھ رُت اظہار تہٕ ژٔژرِ چی دعوت آسہ ہا۔ حضرت حسان بن ثابت تہٕ دوٚیمین نعت گو شأعرن اوس مرحبا جایزٕ ے۔ رسولِ کریمؐ چھ امرأ القیس ہندس کلامس تہٕ پراثر اظہارکِ کٔنی تعریفن لایق مانان یوٚدوے تس مُخرّبِ خلاق مواد موٚکھہٕ جہنمچ وتہٕ پکن والین شأعرن ہُند سردار تہٕ ونو کھ۔

أتھی رِوایتس تحت چھ وننہ آمُت زِ ۔

شعر را مقصود گر آدم گریست    شاعری ہم وارِث پیغمبریست

شاعری منز چھُ نو بر بڑ ضرٗوری مگر حدٕ نیرِتھ چھہ یہِ کلاس مذاق تہِ بناوان شاعری گژھہِ نہٕ مدہوش یا مایوٗس کرٕ وِنی تہِ آسنی ۔یہِ گژھہِ اکھ سوٗنزل ہش باسنی۔یتھ منز زندگی ہنٛدی ساری رنگ میلن ۔ یہ چھُ ژکہِ تمہِ کوٗلہِ ہنٛدی پأٹھی آسان یوسہِ نیریوٗ نیو تہ مادانو منزی پننی اکھ لولہٕ ہوٗت گر یزاہ تُلِتھ چھ پکان تہ یمیک پکُن سارِنے خوش چھ کران، یمہ کہ صاف آب ستی چھ سأری مستفید تہ سپدان۔اتھ کوٗلہِ یا دریاوس منز ییٚلہ ہوا گرایو ستی لہر چھ ووتھان امیُک حُسن چھ ہُران۔ادبی تحریکہ چھ عام طور ایمے لہر ہشہ آسان۔ مثلاً ییٚلہ انگریزی ادبس منز کلاسیکیت تحریک شاعری خاطرٕ گرِتھ ژِتھ لفظ ورتاوِکس انتہاہس وأژہ تمہِ کہ ردِ عملہ کس صورتس منز آیہ رومأنی تحریک بروٗنہہ کُن تہ لُج شعر کہ اظہار خاطرٕ عام لب ولہجس ورتاونہ۔اردوہس منز تہِ ییٚلہ غزل محض عشق ومتی بلکہ ستہٕ جذباتیت بنیا یہ مولانا حالؔی تہ دویم کینٛہہ لکھ لگی اتھ خلاف آواز بلند کرنہ۔ایمہ قسمہٕ چھن ادبی تحریکن ہُند چھ بہر صورت رُتوے اثر پیوان۔اتھ برعکس چھ کینٛہہ تحریکہ شاعری ہٕندس شوژِس آبہ دریاوس منز زنتہ یوٚہے ژھوٹ تہ بدروہوی رلان یمہ ستی یہ کوٗل یا دریاو آلودہ چھ سپدان۔میأنی کنی چھہِ یورپس منز ووتھن واجنہٕ کینٛہہ ادبی تحریکہ تہِ یوٚہے عملاہ کران۔

یوٗرپس تہٕ امریکہ ہس منٛز چھ دراصل نشاط الثانیہ ناوٕ انقلابہ پتہ ووتھن واجنہ اکثر فکری تہ ادبی تحریکہ مذہبی عقیدہ نِشہٕ بدون نظریۂ حیاتس پتھٕ ڈٕرِتھ۔ خودغرض حکمرانن تہٕ مذہبہ کین ٹھیکہ دارن خلاف احتجاج کران کران گئے تِمَن لکھ حدٕ نیر تھ تہٕ لگی روحس تہ روحانی زندگی تام ییب کرنہٕ۔ فلسفس ستی ستی لگی شاعری تہٕ ادبس منٛز تہِ لادینی اندازس منٛزے سوچنہ سرنہ۔ لِسانی تجزیہ کران کران وون منطقی ثبوتیت کیوٚ علمبرداروٚ یوت تام زِ زبانی تہٕ ادبہ منٛز گژھن تمہ ساری لفظ کڈنہ یِن یمہ نہ کُنہِ طبعی طور قابل مشاہدہ چیزٕ خاطرٕ استعمال آسن سپدان غرض روح' خدا' آخرت وغارہ۔ ژکہِ چھُ تتہٕ روحانیتس ییب کٔرِتھ یہ خیال عام گومت زِ انسان چھ ژکہِ مادی ضرورتن تہٕ آسائشن ہوٚندے یوت محتاج ۔ یوٚ دوے اُمی سوچن ترایہ کٔنی یورپ تہٕ امریکہ مادی ترقی پراوان گو تہٕ عالمی چودھری تہٕ بنیاے مگر نفسیاتی تہٕ روحانی بحرانن منٛز چھ آمتی ییٚنہ۔ اتھ برعکس چھ مشرقی ملکن منٛز لُکن وُنہِ تہِ عام پأٹھی مذہبی عقیدہ تہ ایمان میسّر ۔ کأشرِس منٛز یوٚ دوے انگریزی تہٕ اُردو کہ ذریعہٕ مارکسیت' ترقی پسندی' وجودیت' جدیدیت' تحلیل نفسی ساختیات تہٕ پس ساختیات یا ردِ تشکیل ناوٕ چیٚن تحریکن ہوٚند کانہہ اثر محسوٗس کرنہٕ تہِ ییہ مگر پزر چھ یِ زِ یمہٕ تحریکہ چھنہٕ نفسیاتی طوراسہِ ویہ ژُنہِ تہ سأنی اکثر شاعر تہ ادیب چھنہٕ ایمو تحریکو نشہ پزنہ پأٹھی زانی یاب تہِ کیہنی ۔ وُں اگر کینژ ہو تھکن گر بوامہ پانہ ناوِ منٛز تہٕ چھ یوٚ تھ زِ ناو نیر یکھ حقیقتاً چھ تمہ تہِ ایمہ ستی گولہٕ پأری بلیٚمتی۔

میأنی ۔کنہٕ گژھہِ نہٕ شأعری دأ نشور طبقس خاطرے یأ ژ آسنہٕ تہٕ نہ گژھہِ حد درجہ عامیانے آسنہٕ ۔ اُمید چھ زِ میون کلامہٕ یہِ اُتھی پوٚت نظرس منٛز پرنہٕ تہٕ پرکھاونہٕ۔

شعر گوئی نسبت رٕوٗدی میأنی کینٛہہ یار دوست میٚنہٕ وقتاً فوقتاً یہ مشورہ دِوان زِ بہ لیکھ صرف تہٕ صرف کأشرِ سئے منٛز تکیاز تِمن اوس باسان زِ اردوٗ چھنہٕ سأنی ماجہ زبو بلکہ چھ اکھ نیبرِم زبان۔ ایژھہِ سوچن تر ایہ ستی ہیکہ نہٕ میٚنہٕ اتفاق اُستھ۔ بہ چھس لسأنی رواداری ہوند قأیل تہٕ میٚنہٕ چھنہ کأشرِس ستی ستی اردوٗ انگریزی ہندی تہٕ دویمہ زبانہ ورتاونس منٛز تہٕ کانٛہہ قباحت باسان۔ ووٗں گو اردوٗہس ستی چھم اکھ جذبأتی وابستگی تہٕ روز مرہ یوٚسہٕ کأنسہِ تہٕ ذی شعوٗر کأشرِس آسنہٕ گژھہ۔

شأعری چھُ اکھ ''مقدس دیوانگی'' تہٕ وننہ آمُت تہٕ میانہ ایژھہِ دیوانگی منٛز ہُر بر کرن وألی چھہ گوڈٕ کینٛہہ آدن کالکی یار دوست خاص کُرِتھ پیرزادہ مشتاق متینؔ، اسمٰعیل آشنا، ڈاکٹر حیات عامر حسینی، منیب الرحمٰن ابنِ کاملؔ، پروفیسر مجید مضمرؔ، ڈاکٹر اسد بدایونی تہٕ پیغامؔ آفاقی شکریہ سان ناوینٛز لایق۔ ستی چھ طالب علمی ہندز مانکی اساتذہ جناب سلطان الحق شہیدی، پروفیسر وحید اختر تہٕ خلیل الرحمٰن اعظمی مرحوم تہٕ۔ عملی زندگی ستی آوٗر گژھنہٕ پتہ رٕوٗدی محترم پروفیسر رحمٰن راہیؔ، پروفیسر غلام رسول ملک، سیفی سوپوری، پروفیسر غلام محمد شادؔ تہٕ پروفیسر قدوس جاوید تہٕ وتہ ہاوکی ہُنتھ شعر گوئی ہنٛز ترغیب دِوان۔ یمن

سارنۍ ہوٚند تہٕ چھُس شکر گذار۔

محترم رفیق راز ٚ اسمٰعیل آشنا، شہزادہ رفیق تہٕ ڈاکٹر نذیر آزاد صأب تہٕ چھِ تِتھ شعرِ سوٚمبرنہٕ پٔتھ تبصرہ یا تجزیہ لیکھنہ باپت شکریہ ہِکۍ حقدار۔ شہزادہ رفیق صأبن چھےٚ شعرِ سومبرنہٕ ہُنٛد ناوژارنس تہٕ کلامس شیرٕ پأرکرنس منٛز خاص اَتھ روٚٹ کوٚرمُت۔ یِمن ہیٚکہٕ نہٕ ہورِتھے۔ سلمانؔ شوکت، رمیز شوکت تہٕ محمد یوسف صابن چھ کلاچ کمپیوٹر کمپوزِنگ کُرمٕژ بہٕ چھُس یِمن سارِنۍ ہُنٛد سبٹھاہ شُکر گذار۔ اَتھی سٟتۍ چھُس بہٕ مأجِس ماجِہ بٲنٟن باین پننِہٕ خاندرنہٕ تہٕ شُربن ہُنٛد تہٕ شُکر گذار۔ تِہُنٛد اصل حساب چھُم بہر حال دِلہٕ ہسے منٛز رٔژھرِتھ۔

از چھ میأنس کأنسہٕ کُٹس نِچوٚس محمد ندیم الاسلام صأبن زادوہ تہٕ۔ یوہے دوہ چھُسن بہٕ یِمہٕ کتابہٕ ہِنٛدِ شایع کرنہٕ موکہٕ مناسب ترین دوہ تہٕ سمجھان۔

احقر العباد  
پیر حسن انظر

سرینگر  
۵ مئی ۲۰۱۴ء

# رَبُ العالمینس کُن

ژٕ چھُکھ خاۤلق تہٕ ماۤلک کاےَناتس
زمینس آسمانس شش جہاتس
دِوان چھُکھ اِذن ژےٚ موتس حیاتس
عطا مقصد کران چھُکھ طلسماتس
خطا گٔرۍ گٔرۍ چھِ اَسۍ پراران نجاتس
وٕں گرٛزہ بخشِتھ چھوٚنی کیاہ پاک ذاتس

بُنتھ سرکش تہٕ ظاۤلم کوٚت ژلو اَسۍ
ژےٚ ترٲوِتھ کتھ لگوتے کیاہ کروٚ اَسۍ
پکو اٲۍ ژھارِ کوٗن کیاہ سرو اَسۍ
بُنتھ پٔشۍ کیاہ لسوتے کیاہ مرو اَسۍ
کرم کر نتہ عذابس کیاہ درو اَسۍ
وٕں گرٛزہ بخشِتھ چھوٚنی کیاہ پاک ذاتس

دوہَے طمِہن امارن رٔدِ لأری
بُجر وأتتھ کران أسی آہ و زأری
سبٹھاہ اسہِ محشرس منز سپد خوأری
بِیاہ کارن کرکھ نئے پرٛدأری
مُشور اَز رحمتکو درواز سأری
وُں گژھ بخشِتھ چھوٚنی کیاہ پاک ذاتس

کرم چونئے لبو یوٚ دوے ہدایت
چھِ پانس تام کس پژاوِنی ہدایت
رِبتن بخشِتھ رسالت تے ولایت
تمے ہرسوٗ چھِ ورتاوان شرافت
عطا یئتہِ یور کر اچھرن صداقت
وُں گژھ بخشِتھ چھوٚنی کیاہ پاک ذاتس

أزِکی لُکھ کلہٕ پٔژن بڑونہہ کنہٕ ژٔے نومران
مگر سأتی فسادن آے کانچھان
وتو پیٹھی بلو مراں یا کأنسہٕ ماران
یہ ڈیشِتھ نب چھُ چشمو خون ہاران
زمانس کانْہہ نہٕ سیٚز کتھ فکرِ تاران
وُں گرٛوٚھ بخشِتھ چھوٚنی کیاہ پاک ذاتس

دِکھے توفیق أسی عالم سجاوو
زمانس مقصد تخلیق باوو
کرو أتھٕ واس دِلدأری بناوو
بٔنتھ اِنساں محبت بأگراوو
زمینس زُو وَنْدو جنت بناوو
وُں گرٛوٚھ بخشِتھ چھوٚنی کیاہ پاک ذاتس



# حمد بأری تعالیٰ

ژ نورٕ آگُر تہٕ پرٚزٕلہٕ ونی أندی پکو ژےٚ چھی آفتاب یارب

وُں گوُوُ چھن والِنے رکاوٹ بنان چھ گاشُک حجاب یا رب

زمین تے آسمان چھ پزٕی کنی مأری مُنزٕ اکھ کتاب یا رب

رسُولِ امی لقب تہٕ قرآن ییمکی ژٕ سُنہارِ باب یا رب

ژٕ لولہٕ والمن تے نیک لۄکن کران چھک پانہٕ رأچھی راوٹھ

ژٕ چھُکھ نہ زانہہ بے سبب کرانئے کأنسہ نأزِل عذاب یارب

ہیوٗ کُس بنہٕ از تام نفسہٕ کس ہُستِس زانٕہے لاکم بہ چأرِتھ

چھُ اُمتی اَستھ نبی صأبُن مےٚ کھُری لد حساب یا رب

اُمید وأری کران چھ رٕتی سےٚ وُں گو غمچ گر تہٕ آیہ ہر گاہ

دِلس اندر گوٚ ژھ وُزان روزُن یہ بندگی ہُند رباب یا رب

ژٕ گُنہِ تہٕ جالس اندر مہربان بہ تا ابد بس چون انظر

عطامےٚ کوٚر ھتم یہ رُت تخلص یہ بوڈ شرف تھو د خطاب یا رب



# مناجات

دِلس سوکھ تہٕ چشمن عطا نور کر تم
رُحس غفلتٕچ زانڈ چھم دۄر کر تم

رچھکھ نے تہٕ وأران کرٕہم ہوش مُندی
مےٚ دوہ راتھ کلوالہٕ مخمور کرتم

سۄدُر چھم مےٚ درپیش وہمک گمانک
پکھن زُو عطا وونی مے بھرپور کرتم

وبۄھکھ نے تہٕ شُری بأژ کیاہ سوچھ مےٚ کرتم
ژٕ پانے گوٗھُم ڈٕے تہٕ مسرور کرتم

گوٗژھم مُشدِ اندر مےٚ معراج بأسُن
عطا سجدٕنے جلوہ طور کرتم

بہ ہر آنہٕ پرٕہا فقط گیت چأنی
میّسر مے سُۓ سازو سنطور کرتم

یمن مہربان چھکھ تمن ستی تُلتم
خطا کار أستھ تہٕ مغفور کرتم

بخشتم مے قربِ نبیؐ محشرس منز
یوہے چھم دُعا خاص منظور کرتم

# حمد

ژےٚ چھے لولہٕ والین دوہے ماے بۂ مۄژ
خلوصس عطا چھے فضیلت ژے کرمۄژ

ژٕ چھکھٕ عأرفن عأبدن پٹھ مہربان
پننۍ دارِ ہے چھے تمن رکھ مۄرہۄ

ژٕ مہلت دِوان ناوِ کمن ہوشہٕ والین
چھِ یۆدوے بچارین عقل تارِ ترمۄژ

کران یَب چھ تہٕندِس وجودس تہ روحس
انہر چھکھ پرٕچ وتھ زانٕہے چھکھ نہ سُرہۄ

چھِ شِنہٕ ستی تاپس اندر زنتہٕ ککون
وُں روشن خیالن اُچھن ژھاپنھ فُرہۄ

یہ بُتراتھ بأرودِ ستین یمو برٕۍ
چھ تمہٕ وِےٚ بتھسن پارسأیی تہ مُرہۄ

دِلس منز چھ انظر کران جایہ تمہٕ نے
یمن چھے مسلسل عنایت ژے گرہۄ



# نعتِ نبیؐ

زُون تارکھ چھو کران گتھ صورتس
آلوان زُو اُسی تہٕ تُہندس سیرتس

دیُت مکانس لامکانس وون سبٹھاہ
شوب وُچھ بس تُہند ہستی قدرتس

ژھٕ تُہنز تیمَو نالٕی ژھنی لس کیاہ چھ غم
چھُنہٕ سہ روزان لور اپزس شوہرتس

بُتھہِ یوان سُلہ ژیری چھی ہِژرے رتین
پوز اثر بدلے چھ تُہندس صحبتس

عاشقس تُہندس کوڈُر وَتھ اُسی تن
ہستی ما ہیٚنہِ زانٕہہ مگر بے غیرتس

بُستین منز قتل وغارت عام وونی
قامتھے چھُنہٕ رودمُت آدمی رتس

پیر انظرِ کیازِ چھکھ تنبلان ٹلو
ژھاے چھا محدود تہنٚدِس رحمتس



# نعتِ نبیؐ

یُس نۄر یِوِ اوس آدمَس پرٛزلان جبینس منٛز
سُے عالمس از جلوہ چھی ہاوان مدینس منٛز

گوڑٕ دِل تہٕ پتہٕ اوند پۄک کران انسانہٕ سُند روشن
وُچھ خاصیت کیاہ عربہ کس ماہِ مُبینس منٛز

یِس پایہِ نازن پیٹھ نظر تُہنٛدِ بن سہٕ منور
یُس آلوان توہہِ پان سُے پھولوُن زمینس منٛز

عاشق تُہنٛدی آویزٕ چھا مالس تہٕ اولادس
ناون چھنا پانے ژٕھنان زاُلتھ سپینس منٛز

تِنٛز گرٛدھِ نہٕ پھیرتھ ژھاےَ کانٛہہ وَنٛچ تہٕ گمانٕچ
ووٚنی موٚت بہاراہ رُوزِتن باغ یقینس منٛز

حُبِّ نبیؐ ہر ساعتہ کرِی رأچھ ایمانس
ابلیس نتہٕ وُچھ پاُتھراہ چاُرتھ زمینس منٛز

یوٚدِ محشرس منٛز بے عمل گنٛزراونم انظر
ٹاٹھِس نبیؐ سنٛز آش پوٚز آسم مے سینس منٛز



# نعتِ نبیؐ

یا نبیؐ تُہنزے چھ ستھ روزِن دوہے
تا ابد گاشریہ وتھ روزن دوہے

حق تعالیٰ شوقہ تھندے دزاو نوٚن
شولہ ماران لولہِ کتھ روزن دوہے

راتھ دوہ اسہ عاشقن نظرن تلے
رویہ پاکک خولہ خط روزن دوہے

آفتابن زوٗن اُذمژ وولسنس
لولہِ ہژ ماران چھِ گتھ روزن دوہے

ریشؠ تُہنز اَسہ پرأوی تے نظموو پان
ییٚتہِ وول تتہِ تُہنزے مِنتھ روزن دوہے

خوش چھِ تھندبن داغدارن منز سبٹھاہ
اسہِ یُہے بڈٕ پرزنتھ روزِن دوہے

نعتِ پاکس میل۔ نا لگہِ انظرآہ!
آیہ تن جگرٕک چھ رتھ۔ روزِن دوہے



# نعتِ نبیؐ

مسلمانس چھ محبوبؐ خدا جسمس تہ جانس منز

تمی ہِتھن تھزر پراوان مکانس لا مکانس منز

خداین خاًرتے شر اُڈرِتھ تھوٚ ومُت چھ سِر نے منز

سراپا رحمتک پیکر نبی یوتُے جہانس منز

درودس مستحق چھو بس توہی خلقن تہٕ ملکن منز

معطر ذہن و دل تُہندبن غلامن پرٛتھ زمانس منز

خطا کارن چھِ موکلن وَتھ فقط نقش قدم تُہنٛدُ ے

یُہے کتھ حق تعالیٰ پانہ وُچھ باوان قرآنس منز

ووں پھرِ تو رحمتک دریاو اسہِ گُن سرخ روگژھ ہو

حیاتِ جاودان بس تُہندِ ہے دارالامانس منز

حسن انظرؔ چھِ تُہندبن لولہٕ والین پیٹھ فدا گومُت

یُہے اکھ کتھ تھیٚکنہٕ لایق احقر نعت خوانس منز



# نعتِ نبیؐ

دون جہانن مس موٚدر چاوان رسول ہاشمی
پوٚز محبت یسلہٕ ورتاوان رسول ہاشمی

دوٚپ حلیمن تُہندِ ینہٕ برکتھ سپز تیرن پشمین
رُت اثر باغن کھلن تڑاوان رسول ہاشمی

ژھاوجاہ ہوچھِرِ چھ دود چاوان سنتھن سأتھین
معجزاہ منزِ منزی چھِ کیُتھ ہاواں رسول ہاشمی

پننہٕ باپتھ لتھ دِوان دیارن تہٕ لوکن کیوٚت مگر
ناگرادن سون چھ دوتلان رسول ہاشمی

گھرِ نہ تھاوان ڈالی ییلہ واتان تمن ووٚنٹن لِدتھ
کعبہ ہیے منز ڈیرہ وُچھ تراوان رسول ہاشمی

سنگِ اسود کیر پچہٕ پٹھ تھۆد چھِ تلناوان لُگن
فتنہٕ کاسان دِل چھِ رنٛزناوان رسول ہأشمی

تُہندِ باپت گٔنڈی چھ یوسہٕ تھاوان چھٔکرأوِتھ وتن
خبرِ بد خویس تتھِس واتان رسول ہأشمی

نفسہٕ کِس خود راہ گرِس قابو گرِتھ لاکم رٔٹنہٕ
لیس ووں لس چھِی پانہٕ ہیچھہٕ ناوان رسول ہأشمی

دوہ چھ آوُر أستھے راتس تہٕ تنہائی اندر
اُمتہٕ باپتھ خونِ دل ہاران رسول ہأشمی



# تۆہی حضرت شوٗبِو نبیؐ

مکہ شریفس منز اُس اکھ دوہہ

بُڈ موجاہ منز سڑکہِ پیٹھ

لوکن بڑِ ہرِ وو ہوان.................تہٕ ونان

وُچھ اَمہِ کاَ تیاہ اڈ ژٹِ کتھ کنی برٕ ونہٕ کنی نیران

اِد کانہہ ما چھِم غور کران

زنہٕ ژٔرِ آلو میٖچ نہ بوزان

یتھ پھل گھٹرِ اگر اتھہٕ دِہنم

پتہٕ کوٗتاہ زنہ ژیرِ ے گژھہِ ہیکھ

اُتھی منز پیوٚ و اُتھ اکھ شخصاہ

یو کھچہ نکھس لوٚد تمہِ لوٚتی پاٗٹھین

تہٕ دوشوے بچہِ ہُند گھر گُن وژاے

پکان پکان وۄتھ بُچہ تہٕ شرارتھ

تس خوب رۄیس کُن وُچھی وُچھی زن

شاد سبز بیۍہ پرأنی پأٹھی

گھرِ واتن وزِ وۄننس گۄبراہ!

ژےٚ ہبا ووتےٚ سخ تکلیف

ونہٕ کھےٚ بہ دِ ے اکھ پھلہٕ موچھہِ ہن

پۄز تمی ما موٗنس رٹہٕ نےٚ

بُچہٕ تُلی اتھہٕ تھۄد دعایہ خأر کۄرنس

دوپہ نس کُری نے خدایہ ژے رُت

داد بود کھوٗ نشہٕ رٔچھی نے پانے

اکھُتےٚ وۄننس نیران نیران

ازکل سأ دیان شہرس چھ پھۄرمت

گُستام خطرناک دیواناہ

دعوا چھُ کران پأ غمبری ہُنٛد

لوکن چھ مذہبہ نشہِ ڈالان

جود کتھن تے مأ نتھہٕ اچھن تس

جگرا تمی ہنٛدِ شرٕ نشہٕ رچھی نے!

انجان شخصن پرٛ زٕ چھنس مأجی

بٔے زنہٕ آسہ دپان زِ نبی برحق چھس

تیٚلہِ کیاہ ونہٕ ہم؟

بُجہِ دیُت دم

تمی ژیٛون سوُرے کینٛہہ

دوٚپ نس بے شک

واللہ توٚہی حضؔ شوٗ ہیٚو نبیؐ

وونی بخشیٚوم تہٕ جل جل کلمہٕ مےٚ پرٕ نأوی وُم!





آکھ تَے بیمار دِل زن بلنہٕ لۄگ
شوقہ کِس شہرس مےٚ نیٚہہ گۄٹ ژلنہٕ لۄگ

ہتہ سا کم ژُری گوش سخنن تھاوِہن
مۄت اوے وُچھ کھیش ہژرک ولنہٕ لۄگ

گو تِمن وُچھ آورنہٕ نش لگھ اسان
ہُے تُلُن تے سۄر پانس ملنہٕ لۄگ

پۆت ونس منز ژونگ زأڑتھ راتھ کئڈ
کأر مۄرِتھ نیٚہہ گۄٹ أخر ژلنہٕ لۄگ

قأد گو پنہ نِس مُرِس منز یُس اَکھاہ
لۆت لۆتُے تتھی ءتیٚ أخر رلنہٕ لۄگ

نبرٕ کۆر مایوس حالاتو سبٹھاہ
گھرِ تہٕ وٲژھ لانچ کتھاہ تے گلنہٕ لۄگ

انظرآہ تلہٕ سأ یہ کس چھن ہوومُت
بے سبب شیہلین گُلین گُس ٹھلنہٕ لۄگ



بیٚیہ ژٲول زالو منٛزی ربتہٕ کولاہ
بیٚیہٕ اکہ لٹہِ دِیُت دِلہ ذٔری دولاہ
کُس اکھ چھُنہٕ بستی منز پرٕ ژھیوٚن
بیٚیتہٕ کس زنہٕ چھُنہ وٲنجہ ہولاہ
خواب چھہ زندٕ تھٲوِتھ نتہٕ سنہٕ وے
سورُے کاون ہُنٛد بیٚنہٕ دولاہ
ازلے ڈرامہ لیکھن وٲلِس
موٚنگ سرِنے دیہ وُن اکھ رولاہ
پان پٔنُن موٚٹھمُت سُقراطس
کتہ وُچھ ہن یُتھ قسمت دولاہ
شُری سوچان بس کرٕ ہَو مستی
ڈکھِ گوٚژھ روزُن موجاہ مولاہ
وٲرِوی قبیلن کٔر زینٛس پیٹھ
تمی سُند مالیُن تامت زوٗلاہ
پٲزس ٹارِ کھَسیا پاتھُل تس
تھزرس تیختاٰلِس پیٹھ اولاہ
دل رنزٕناون دول سہٕ انظر
پزرُک حاٰمی مرتبہ دولاہ



جود نظرن تےَ کتھن مأنتھر تمٕس
لولہٕ سےٚ منزوأنس گیٖہ آوٕر تمٕس
براندٕ سے پیٹھ مأج براران وُنہٕ تہ چھبس
کانٛہہ پرژھبس نا کیازِ وأنج دٕر تمٕس
کیاز آسن وول تس شخصس وَنو
بأے ہنز میٹ کھیٚنز تہ ہرگاہ کھٕر تمٕس
کأنٛز زنہ کھبتھ کھبتھ ژھری وتہ ہاو یکس
شوہرتھاہ اپزٕے ڈبکس کٔمٕ مُر تمٕس
سارِنے منز اوس بس عأبے وُچھان
زیرکی ادِ پانہ سے وُچھ فُر تمٕس
عار رٔسی تِس حأکمس بُتھی پھیٖر سپٕن
عین موقعس لُج أندری یکٕنز ہُر تمٕس
شُرٕ چھنا ڈولان وتن شہرس اندر
کانٛسہِ رچھی تن روز ما کوچھ ژٕھر تمٕس
شاندِ ہیٚنز ہنز انظرن لوٗلُچ بیاض
روزِ خابس منز گلانٛج تھٕر تمٕس



دردِ نۓ چھم از تہ نالان راتھ دوہ
گاہ بگاہ چھُم ہوش ڈالان راتھ دوہ
چاۓنِ کل تے لول ہا چھُم دل برو
زنتہِ روشِنہِ مانہِ گالان راتھ دوہ
عادتھے گومُت چھ بُتھ اسہِ ناوٹک
ژوک موٗدُر سمیک چھ ژالان راتھ دوہ
باگہِ ینہِ آمژ ژنن پھولیاہ تُمِس
بوش ہوٚہ عشقس چھ کھالان راتھ دوہ
اَز تہِ چھکھ زوٗنی ڈلس مژ سوچہ کس
با خدا کھالان تہ والان راتھ دوہ
دل دیان پرٛی پرٛی حمدٗ کوٚ کِلے ژِ چھکھ
رحمتاہ اسمانہِ والان راتھ دوہ
حال دل انظر کھٹان شعرن اندر
مژ طفانس ژونگ زالان راتھ دوہ





کُس نہ ییتھ شہرس اندر رنجور از
وانہٕ ووتھمت تھان ہیٚو مجبور از
خونہٕ سُرٕ آلو ژواپاسے گرٛشان
سوزِ ناوے امنگُے سنطور از
ٹینڈ ژٕٹتھ أسی مینڈی کھوٲں یوٗ تام أسی
جعل سأزی پیٹھ أسی مغرور از
پیوو پتھر یک بار؛ کُس شأہی محل
وُچھتہٕ کالُک نار وُہوُن سوٗر از
ووتھ عمکی دینار چھکرو عالمس
گےٚ تہٕ گےٚ حاتم بٕنتھ مشہور از
شینہٕ لوٕ ہش کر سنا مستس پیمٕ؟
وانٔس چھم فرٛمٕژ پٹنٛز زنہٕ ژوٗر از
برٛ ونِہہ کنےٚ بے خوف سپدِتھ چھس پکُن
انظرٓس دِتہٕ ہاوکا پرنوٗر از





ٹوربن چاک چھُ سَپدان دامن
ہُر چھَس وِژئژ صجکو واون
أنٛدی پٔکھی رنگہٕ رنگہٕ پوش اما پٔوز
نظرٕ اویزان چانٛمن جامن
ٹُلہ ہے نظرٕ تہٕ اوش نیربس نٔون
کینٛہہ ونہ ہے کھوژان لگہٕ پامن
مأج نہ مانان سانیس دانس
دَشہٕ گنٛڈی گنٛڈی تھاوان استانن
سأری ونان بتہٕ مول اوَے لتس
شیران راہ گیرن بتہ بانن
بَڑِ ہرِ کتھ کُر سمیس ہتمن
یارو لٔوب ہیٔوت آنن فانن
جاے دِلن منٛز انٛظر صأبا!
چانٛمن یمن شعرن دُردانن



مُرس منز چھِ آدم ژٔمیومُت ژے وُچھتھاہ
گرس پنہٕ نِسے منز کلیومُت ژے وُچھتھاہ

چھُ شہرس اندر لیس ووں تس حال یکساں
پھکبن پیٹھ پیُٹن سر گوٚبومُت ژے وُچھتھاہ

ووں نا گوٚژھ نہٕ سہلاب پیوٚن روتلی یتھ
کوٚلن آب کوتاہ ہُربومُت ژے وُچھتھاہ

یہ کیاہ سازِ صبحک نہ نِپیٖ نشانے
شبس راد کوٚتاہ ہُربومُت ژے وُچھتھاہ

تمس نا مشو أسہٕ ہوکیا آو شاید
أچھن ہا چھِ گاشے سوتبومُت ژے وُچھتھاہ

أمِس راہبرس نا چھِ بانٔے نہ بِتُرے
أمِس ہا یقینٔے ژھوکبومُت ژے وُچھتھاہ

وُچھِتھ سأنی ژھل ہا چھِ شاید زمانس
رگن منز ووں خونے ہِشھبومُت ژے وُچھتھاہ

گلابن چھِٹل پوشرِبن چھی سُہ انظر
تِھتے پأٹھی بیہٕ از سنبومُت ژے وُچھتھاہ



سأری خود غرضی تے طمہس لأرٕ وُچھِم
کینہہ نامادر عأقل تامت چأری وُچھِم
منٛز چھِنہٕ رُوسِ اسلافن ہنٛدی دستار کنان
خاقہن أنٛدی پکھی پھیران باپأرٕ وُچھِم
حأرتھ سپدُم تے وأنٛج پھٹہ نس آیم
قومکی دأنِش ور تامت یبلہ زأرٕ وُچھِم
کیاہ ونہ کوتاہ دم پھُٹٕ سپدُس یبلہ أنٛدی پکھی
فوجس منٛز یہہ شکلِ مے کینہہ سی بأرٕ وُچھِم
بے شک ہیکِہ نہٕ گُہنے لتس ہوٕ محبوب أستھ
شاہ تہٕ گدا تتہِ براندٕس پیٹھ ننہٕ وأرٕ وُچھِم
کینہہ لگھ پنہٕ عمن بوغن تامت أسی ژٹان
دُورے درویشن ہنٛز ژھوپہٕ اسرأرٕ وُچھِم
پنہٕ نِس منہ کس ناگس منٛز یبلہِ دوٹھ ترأوِم
ازلکہ حسنٛچ تصویراہ ونہ ہأرٕ وُچھِم
انظر صأبا اعلیٰ نسبی تام مُتھِم
پانس مؤل والان یبلہِ کینہہ دستأرٕ وُچھِم



نکھہ تلہ اوس گُہُل ون کوٚت گو
اسہ اُس تمہ چی لادن کوٚت گو
سائنس شہرس گٔیہ دیُت ناراہ
سورُے آناً فاناً کوٚت گو
اکہ لٹہ ییہ نا ووٚنی پوٚت پھیرِتھ
غزلاہ کر ہوس ارپن کوٚت گو
نے اوس وایان شوقہٕ نین منز
پوٚہلاہ صبحن شامن کوٚت گو
کرٔنہٕ قدر وقتن سقراتس
ووٚنی اُسی رٹہٕ ہوس دامن کوٚت گو
یہِ اوس سون تے روپھ چھکراوِتھ
سائنن سنگرن بالن کوٚت گو
ژھینبہٕ دِتھ روٗدُم انتظر ووٚنی کتہٕ
ژھارن شہرن گامن کوٚت گو .





سمین کیازِ سنا ہنز مزٕ ژادر کلہٕ پٹھ نل تام سِیاہ
پزٕرُک سریہ بُتھے چھنہ ہاوان گوسو چِک نب تام سِیاہ
کراوسٕ وُچھمت رُودکرٕ وہن تے کرأسی یتھہٕ کُنی پوش کرہنی
کمُی دیُت اُخر سأنس باغس سُلہِ سوئتے پأغام سِیاہ
تبلہ اُس پیپر مأشی شوبان تیز رنگو آکارو سأتی
از چھِ بناوان سأری کأسِب ژیرٕ سِیاہ بادام سِیاہ
کانٛژھا وُنی تو یمن پزاربن تے مذہن کمن ٹھبکہ درن
یٕژ دوے آدم ذاد چھِ سأری تبلہ کیاہ نسب و نام سِیاہ
یتھ بستی منز کمُی اوس وُچھمت یتھ کنز موتگ پاگل پن
یٕتاہ ماتم اوسا نبن زانہہ سوٚرمت صبح وشام سِیاہ

ہرِ ژھٹھ کانٛسہِ لُجاہ رِکنہٕ اسہِ کوٚر کانٛسہِ ہُنٛدِس آرامس ناش
تبلہِ کوٚ لوٚگ ہنگہ منگہ سأنس شوژِس لوٚس اِلزام سِیاہ
لندِ کیاہ یٕژ دوے موتچ کتھ بوزِتھ زور لاگو کأر پھرو
اَنٛظر صأبا اُندٕ پکھی ہا پچھے روزِ وُنے کیاہ تام سِیاہ





گامٕک گاسہٕ پشاہ چھنہ از کل موجوٗدٕ
کتجبن چھنہ جاپاہ نظرن تل موجوٗدٕ
نظرن چھِنہٕ دوٗنی تتھہٕ کنٕز شہلتھ میلانی
یوٗدوے از تہ چھِ ڈل مانسبل موجوٗدٕ
صحراون منٛز وتہ گت تھوٗکمُت توتہِ تمِس
چشمن منٛز خابن ہنٛز سوٗنزل موجوٗدٕ
اجلاسس منٛز اسہٕ ونہٕ ہوٗنجہ سمکھیاے مگر
وُنہِ تہ چھُ اسہِ دلہٕ کین اَنن مل موجوٗدٕ
وبتھہِ ووتھ یوتاہ آب مگر اسہِ نظرن منٛز
للہٕ دبد تے تمی سُند نل وٹھ پل موجوٗدٕ
یتہ کسِ ملہٕ ارس نا چھنہ کنہٕ جوٗرے کانٛہہ
اسہِ ہا خانقاہن منٛز ہانکل موجوٗدٕ
ادیا طمہن یا حالاتو پننہٕ پننہٕ کرٕی
گونماتن تہِ چھُما ووں سمن بل موجوٗدٕ
انظر صائبس پوشہٕ متِس کانٛہہ حبس دِیہٕ تو
باغس منٛز چھس موسم ڈاثبل موٗجوٗدٕ



دُنیہس یتھ لیس ووں تس لۆت گۆب چھِ ملساون پیوان

دِل پٔژن تامت چھِ بزم دِتھ پانہ رٔژ ناوُن پیوان

نور ِکردارُک چھِ أندی پکی نیہہ گٔٹس ہاوُن پیوان

سر پٔژن نیزس لٔدِتھ منظر چھِ بدلاوُن پیوان

یبلہِ وُچھس منز ٹوٹھ کانٛہہ ہاوس چھِ دفناون پیوان

وہؤنِس تٔندرس لۆتہے زن پان وپراوُن پیوان

تیز واوس منز چھِ ژونگاہ زألتھے تھاوُن پیوان

آو زن یُپ ووٹھ ژھٔنِتھ غأرت چھِ پرکھاوُن پیوان

زونہ رأژن منز نہ ڈل سألس گژھان شاید ووں کانٛہہ

بند کمرن منز شُربن پٔژنن چھِ رِندِ ناوُن پیوان

چھا سہل تس ماجہ ہُنز حالتھ ؤنُی لفظن اندر

لیج ژھٔرے یأوِتھ شُربن لیس بُتھ چھِ اسہ ناوُ ن پیوان

چھا جرم زأمتی چھِ أسی کشمیر ِکس جنتس اندر؟

کانٛہہ ژلان گھر بار ترأوِتھ کانٛسِہ دِبُن یاوُن پیوان

لدِ ر مالاہ ہش مے اچھرن ہنز لٔہم خابس اندر

لولہِ شعرن بازرس منز چھُم نہ مولہِ ناوُن پیوان

خاب پننہِ کالکی وُچھان چھس انتظار لۆب گن بیھتھ

سونتہِ واوس ییٛلہِ ووں تیٛلہِ گلشن چھِ وُزناوُن پیوان



تھاو أنٛزرُن کایناتک پرٛون تہٕ زَگ
چھےٚ عبادت پنٕہ نٔسۓ کارس ژٕ لگ
ہوش کر ینہٕ وأنٛس زالبو کنۍ ژرلی
نبندرِمتۍ یأتی ونان وقتس چھ ٹھگ
چھےٚ نہ ہٕترٕے بے بسی پیٹھ چھکھ ودان
اسہٕ وٕنِمن لوکن تہٕ نتہٕ جگرس چھ دَگ
خبر بوزان توتہِ ڈنٛجہِ روزان دِل
گرٛٮ۪ھ پھٹٔنۍ نتہٕ آسمانس تام زَگ
از تہِ چھُکھ سقراط کُس تام مورمُت
بازرس منٛز بیہِ لگن اُنج مُژ چھِ چھگ
پان پأراأوِتھ ٔسری سمکھان مگر
پوٚز کھٔتِتھ تھاوو وجودکی ٔکتۍ گگ
راتھ تامتھ یُس ژھوٚلُس منٛز اوس خوش
خوجہ بُنتھ چھُس قأمتی از واجہ ننگ
شأعرن ہنٛز چھا کٔمی از کل ووٚن گو
انظرس انداز چھےٚ یکسر الگ



پانا پیٚتہٕ گٕس بوزِی آلو
گٕپر چھِ سأری پنہٕ نبو حالو
گٕس نہ ژلان زٕو ہیتھ نہ وورُے
وانن کیاہ دمہٕ ہو أسی پھالو
پےٚ چھا یمہٕ ستیٚ کس کیاہ میلان
دونی کٔری سخ عأجز ہڑتالو
نبرٕ تہٕ چھنہٕ بوزن لایق کینٛہہ
گھرٕ تہٕ یوٚہے زور کوٚل پچہٕ تالو
رہبر لأرِگتھ ما چھ یہ راہزن
بلکہ ما کھالان والان بالو
بلکہ ما تُل اَسمان کلس پیٹھ
پنہٕ نبے دانیٚگ حصہ کھٔین ہالو
پٹھوأری یوت اوسا رأتھی
کھوٚت اخبارن لیوکھ رسالو
گونڑھو تلی آو ہہس تہٕ اسناہ
تھیوٚک ییٚلہِ بجٔراہ بُزدِل شالو
لولُک جذبے بخشان بصیرت
نتہٕ کریریٚگ انہِ گوٚٹ چھے لالو



وداں کأسب تہٕ کأنی شال سوٗنے
چھہ نبرم ژھوٹھ بنہوٗمت مال سوٗنے
نین نیرن اندر کوتاہ ودن ہے
سبٹھاہ وۄشلان چھُ ہرمکھ بال سوٗنے
تلا وُچھہ کُس چھُ ڈولمُت کیازِ زالان
مقدس ژرار سوٗنے ترال سوٗنے
خدا زانان چھُ کیاہ چاوان از کل
دِوان ما دھوکہٕ اسہٕ کلہٕ وال سوٗنے
پھسیٚے مُتی ہا چھہ أسی گُہلبن ونن منز
اسیے کیٚت ما چھ وٕ ہرتھ زال سوٗنے
کشیٖری راہ یُتے چھےٚ مأری منز چھکھ
توٗے یؤتاہ سیاہ از کال سوٗنے
ودٕل روزیٚا رؤشہِ تھےٚ امنک سہٕ موسم
دپُس پۆت پھیر چھےٚ پھِر سال سوٗنے
وتن لاران لتن ہُند ماز اَنظر
پگاہ ممکن چھہ بنہٕ خوشحال سوٗنے



کوٚر لگو اڈٕ مور ڈَل
ژاو شروکنمن اَہرہ بل
چھٔنہ جہازے کانٛہہ ووتھان
سمکھنس دشمن وُنل
کٔمی سا پھل پھٔلو ہاٗوی لتس
کٔمی سا پچھنس کوٚر یہ ژھل
عاٗب لوکن ہٕندی مُشر
دل پٔنُن اٗشی وانہِ چھل
پننہٕ چھمبن چھاران للکھ
وتھ ژٕتھ گٔن زون مہٕ ژل
روے کھٕژتھ اوبرس اندر
روزِ کرتام نورٕ چھل
کاٗنسہِ ہُنٛد بن لول بر
زندگی باسی سہل
چانہِ باپت انظرسؔ
واٗنس گیہِ پاٗران محل



مأرِ مۆند پنن نٮ۪ن خیالن ہُنٛد شہر ہاوے وولو
لولہٕ سۆدرس چأنۍ کتھ گرٛ زٕوٗنی لہر ہاوے وولو

چون یُن چھُم شوقہٕ کِس باغس مے زن سونتٕگ ہوا
چون روشُن کیٛتھ عذاباہ کُس قہر ہاوے وولو

دِل کشی چھنہٕ رٕوز مژ باغن کھٔہن نیر بن نین
کیٛتھ اوٗچھ موسم تہٕ کیٛتھ اُنن گچھ ہاوے وولو

سوسہٕ نیأمتی پوش چھم روداہ منگان موژ واچھو
ہار کس تاپس ہُربو مت چھُم تژر ہاوے وولو

لکھ وُچھان بس اسہٕ وٕنس میأنس بُتھِس ونہ کیاہ تمن
چھُم دِلس منز کُس طفاناہ کُس مژر ہاوے وولو

گۆڑھ نہٕ یتھ گامس لگُن شہرک ہوا موجود چھبس
اکھ مثألی سادگی سوچک تھزر ہاوے وولو

کُنٛی اچانک شاپھ یتھ چمنس چھِ دیشٕمت انظراہ
بلبلن تے پوشہٕ نولن چھُم کجر ہاوے وولو



یُس کرِ قبیلس تھوپ ئے سردار اُسی تن
دُسی یاب با اُصولہٕ ئُے تلوار اُسی تن۔
نُوی نُوی شہر بسی تن مگر رِشتن مہٕ لگِن ژھوکھ
بدلِن سوٗرے پوٗز لسہٕ نگی انہار اُسی تن۔
گاڈَن تہٕ کھبلہ وُتھرَن تہٕ زُون پاے چھہ کانچھن
دوہ راتھ نتہٕ ڈلہٕ ساألہ گٔے باپار اُسی تن
شبنم ئُتھ دِلہ بِس گُلاس یُس نہ شہلاوِی
گونماتھ چھنہ کوٗتاہ تہ وضعدار اُسی تن
جسمن چھِہ رُکاوٹ بناوان روحن نہٕ مگر کینٛہہ
منزٕ باگ موتک کوٗت تھوٚد دیوار اُسی تن
تس کیاہ فکر پکہ ہیچ تمس چھیٚے ہاٚل ڈبہ ڈابس
کُنہ بازرس منز عظمتک دستار اُسی تن
انظر سکونِ دل سأ گژھِ پرور دگارے دیُن
نتہٕ کیاہ حسر اندی پکھی سبٹھاہ اسہٕ دیار اُسی تن



لانہ وچھ لیکھتھ مے کوٚسہٕ باپار چھم
رز تہ گز گوٚنماتہٕ سۓ مٹہ کار چھم
پوٚش پھوٚلی متۍ اَسی تن بالن بٹھین
چھاوِ گُس شہرس مے لوٚگمت نار چھم
یوٚت نہ گژھہٕ نُوٚے کتھ تۍچ حالس مہ کر
دِیون دلس پنہٕ نِس مے گوٚڈٕ اظہار چھم
قتل یمہ ؤے کوٚر تمے وُچھ ہُوٚے ٹلان
از مے بستی کوفہ گوٚے انہار چھم
ٹاٹھ چھم یوٚدوے سبٹھاہ اُردو زبان
ماجہ زیو گیہ ماجہ زیو اقرار چھم
کتھ دلٕچ واتان دلن تامت چھ سیوٚد
انظرٔس اسلوب سأدروار چھم





کتھن تہٕ ژٕے وتن تہٕ ژٕے کران مےٚ مُشکبار ہیُٚ
دِلس اندر مے روزتم دوہےٚ ژٕ نو بہار ہیُٚ
خیال یا ونک دِوان نبس چھِ از تہٕ نار ہیُٚ
دُبار چھس بہ وقتہٕ بِکس ہہس گژھان سوار ہیُٚ
ژٕ زوٚن ہش ژودأپِچ وٕژھکھ مے شوقہ بِکس ڈَلس
تہٕ میون دِل پھوٚلان چھِ یوِنہٕ سونتہٕ لالہ زار ہیُٚ
خدایہ زانٕہہ تہٕ گوژھ نہ پوٚن جدا گژھُن ووں پانہ وأنی
زانٕہے تہ یہٕ لولُک فضا گژِھن مہٕ اشکبار ہیُٚ
مراں چھِ یام نحقہ کانٕہہ، دپان وُدن ہوان چھِ نب
توے خُدایہ موسماہ منگان چھِ خوشگوار ہیُٚ
ژوچھتہ از تہ العطش تمس ڈبکس لکبِھتھ چھُنا
دوہےٚ فراتہ کس بٹھس چھِ للوئے یہ نار ہیُٚ
مےٚ کینٕہہ تہ چھُم مشان مگر پانہ چون نقش زانٕہے
أزیک یہ کوچہ پھیُر گژھوٚن توے چھِ ناگوار ہیُٚ



نے پھولُن تس نے ہَرُن درکار میون

آزماوُن چھس فقط اِقرار میون

ناگہٕ جویَن دِل نِواں اظہار میون

پوشہِ نۆلاہ یبلہِ گبوان کانٛہہ شعر میون

موٚت چھ خُسنک پھیرِہا کلِ عالمس

سینہ چھُم ٹھُپ دِل چھہُ جاناوارمیون

وِگنہ ونون چھُم گرشھان یا مت کنن

چھِے لگان گتھ کرنہِ ژٔے لوٚکچار میون

تا ابد چشمن اندر رژھہٕ رِتھ تھوتھ

یِونہِ سونٛتک چھکھ شُہُل دِلدار میون

انظرآہ لٔج ٹاٹھ مہجورٔنی زمین

اچھرِ گوٚند ووتلیاو ساُدر وار میون





ہتھ خوابہ ہلم بے خبر یوسف چھ باین منز
پۆز روز کیاہ افتاب کھٹِتھ اوبرِ ژھاین منز
یلہٖ تراوِنہس گرٕ پہر پۆز تم چھ سخ کھوژان
شہزادہ پریشان گۆمت کوٚتاہ چھ داین منز
سُہ چھِ نیب پرٛژھان پرانہ شہرک وُنتہٖ وأرانن
تس پوشہ تن وچھ سوسنیأمژ تاپہٖ کراین منز
افتاب کانْہہ ہارک ژٹان زن اوبرِ انبارس
پھیران چھُہم جانانہ تتھہٖ کنٕز سوچہ تراین منز
لوٕئے چھ بعضے لا مکانس ژھٹھ کرِتھ نیران
أمی لولہ نٕے أسی گیر تہٕ کرٕ مُتی چھ نیانن منز
گُنہ ساعتہ گژھہِ پانس تہٕ لۆب روزِتھ ہنا ہمکھُن
ینہٖ ژھاے بُنتھ راوِ راوکھ پان ژھاین منز
انّظر چھِ شاید اوسُمت سفرس اندر تنہا
رتہٕ میلہِ لبن تِی وُچھم لیکھِتھ سراین منز





اَکھ پوشہِ مۆتاہ میٹھ دگ للوان چھ سپنس منز
یارَس چھ گاران سُنمبلس تے یاسمپنَس منز
ژ ہِتہ تارکھاہ پنہٕ والہِ زَمانک ہتہٕ مَکانک
ئلہٕ پان ما راور پنُن صادَس ہتہٕ سپنس منز
موجود ہے روزِی ہتہٕ بس عملن ہُنٛزٕ خوشبوُ
باقی چھ سورُے کہنہٕ رلان اُخر زمینَس منز
کۄتاہ ہِتہ رُت آب و ہوا نۆن تاپھ اَسی تَن
سُے گُل چھ پھبان مول یتھ آسَن زمپنس منز
موسم بدلنَس ما چھِ لگان تأر تلا وُچھ
وُزملہٕ چھہِ کڈان واش چشمِ نازنینس منز
رِژھرُن امیگ یا راورن چُھس پانہٕ تامت
نو زائِدس نوراہ چھُ ژھوہ ماران جبینَس منز
رئشو وأر کتھہٕ گِنی محشرک مأدان بنیو
انظر دپان ئلہٕ زاے یتھ خلدِ برینس منز





چون موکھ ڈیشتھ غمن ہنز راتھ ژٔج
رُوبرو وُچھنکھ تہ گترِنۍ زٔون گٔژ
اسنہٕ چانہِ زن گلابن ژھائے ژٔج
پکنہٕ چانہِ آبشارن گرائے لٔج
سونتہ واوَن شیٚچھہ نوئے یژکالی ؤنۍ
پوشہ پھتۍ چھکرأوی صحنس چانہ کٔژ
آسہِ ما پرٔین تہ شہزادن وُچھان
گژھ بُتھِس پیٹھ تراو تس لوتۍ پأٹھی دِج
کرٔ زِ کیاہ چارے نہ کانْہہ زندٕ روزنس
خوش دلی ہنز خواہ مخواہ اسِہ ہانژھ لٔج
یاونس منز لول لیس پامال گو
زندگی تسٕ رِکژ چھِ وُہونۍ نارہ گٔژ





چھنہٕ خلوٗصاہ دوستن یارن اندر

موٗکھتہ چھکراوان چھہ کوٚ شعرن اندر

خوٚف تے دہشت سران رُم رُم اگر

تی پھٹتھ نیران چھ فن یارن اندر

نارٕ بوٚزی یموے شہر کوٚر از تمے

علمہ تے امداد ہتھ کارن اندر

مسجدن مندرن تہ بادردے بوٚرُکھ ؟

عام لکھ ژاٗمتی توے غارن اندر

یَس نہ کانٛہہ وقعت سہٕ قومُک رہنما

عاٗشہٕ موٚت سُوٚے اکھ چھ لاچارن اندر

ور دِوان چھکھ انظرآہ گونژھن مگر

کانٛہہ خلوٗصاہ چھا طرفدارن اندر



# عُمرِ ہِندِس ہتی بأجس کُن

ہا یارِ ژِ کونہٕ مے بُتھ ہاوان
وِہہ گرٕی گری دِل چھُکھ تنبہ لاوان
کر تام ژھیپل ژھانجے ژِ گندکھ
اِی وأژئے وأنسا اکھ دُن کران
گاہے چھکھ ہنگہٕ منگہٕ اسہٕ ناوان
گاہے لوٚب روزِتھ وِدٕ ناوان

ژئے میأنس وجودس نپہ ناوان
ژئے چھُکھ تارکھ نب تھُرٕ ناوان
ژے میأنس شعورس زیرِ دِوان
ینہٕ والہِ زمانک نیب انان
دِتہٕ پرٚزلاوان نب اسہٕ ناوان
ووٗنی بُتھ ہاوُم
ووٗنی بُتھ ہاوُم





پزر سخ پریشان چھ شہرس اندر
وُچھن یام اَپزس ونان لُکھ ہُنر
أ کس زالہٕ سئے مٔز پھساوان نظر
بیٚیس عالمن ہنٛز دِوان چھیے خبر
یہِ گھر اوس یوٗتام گُلزار ہوٚہ
پتُر مت چھنس کمی ووں اوش تے ہشٛر
پھولان أسی دِل یتھ وچھتھ سارنٔے
أچھن برونٛٹھ کنہِ از وزان سُے شہر
پنُن پان یم پرٕزٕ ناٲوِتھ ہبکان
زمانس کران تم چھِ زیرو زبر
رتَس بوے زاگان چھ بھٲیس یہِ کیاہ
لَتو ستی ماںڈان چھ قدرن مژر
چھ بومبرس یہ ڈبکہ سپٕد کھٔنتھ انظرآہ!
یمبر زل تِمس تھاوِ کیاہ دَر بدَر





چھےٚ مأرۍ ہنز شکلاہ پنٕنۍ رژھراو وَنیومس
گامن تہٕ شہرن ناو مَہ بدلاو وَنیومس
ئلِہ ناو آبس پیٹھ ژٕ لیکھن تھاو وَنیومس
ہم تُل ژُھنکھ آبس تہٕ پھٕٹی ناو وَنیومس
برٕ نیر تہٕ وُچھ زندگی آلو ژے دِوان چھےٚ
موٚتمن تہ وُزناواں چھُ سوتُک واو وَنیومس
کہو پُدۍ وتن تامتھ تہِ نکھاہ پختہ بنأوِتھ
گامن اندر ییٚتھی زال ما وہراو وَنیومس
پرٛاٗہ تہِ زگتس ہتی مہٕ کر دُشمنی جگرا
وونۍ واو وُچھتھے ناو پنٕنۍ تراو وَنیومس
ظأِلم ز مستانس چھ ژلہٕ نےٚ ژوٚر ہوٕ اُخر
دم پھُٹ گژھتھ ئلِہ پان مہٕ ابساو وَنیومس
سائِنس رٕتِس شعرس چھِ آساں بیٚیہ تہِ واراہ گون
سوٗرے چھما لفظن ہُندے تلہٕ تراو وَنیومس





اگر تاثیر چھنہٕ سوزس تہٕ سازس
حسر چاٲنس فنس چاٲنس ریاضس
جہاں آراء دِوان زبو جانبازس
گران بڑٕ میٹھی دگ شاٮ۪ل چھِ سازس
چھُیا پے کس چھ یُن پرٕ گی مہٕ رُوزِن
مرٕھن ہُنٛد ماز تا متھ دِمہٕ بہ وازس
ژبے کیاہ گوٚے کیازِ چھکھ موتس ژٕ کھوژاں
فقط اکھ جایہ پھیُر چھے سنتہٕ رازس
سہٕ ناوٗک پار سا ژکہٕ دراو دُشمن
نمو نشہ دورٕراوان اوس مازس
أمی باپت گران لفظن چھُ شاعِر
سہٕ شعرک زُو ونان دلہٕ کسِ گدازس
طبیعتہ کِنٛز چھِ انظر ساذِ واراہ
نظر چھس دُور تامت شاہبازس



ژُنہ گُربن تے تِلہِ تلاون ہنز کتھاہ مشراوہن

پننہِ بستی لول ہے برہن چمن سگہ ناوہن

وارِلبن ہُند خوف ہے گُنہِ پاٹھی کم کرناوہن

آے امنس کانچھہن بیہ کوترن یلہِ تراوہن

بازرن منز کئنہِ باپت اُسی ما یم شیچہِ شرّ وکی

لولہِ آلو زندگی منز گاہ بگاہ پرکھاوہن

خوٗنہِ سُری تیوتاہ تہ چھُنہِ پتھ کال سوٗرے اوسُمت

یم ورق روشن تمے پننین شُربن پر ناوہن

ہفتہ وادن خون نخس پیٹھ ودان تبلہِ اوس نب

ووٗنی چھِ زن پاگل اسان پیہم اُمس ودِ ناوہن

دزِوُنس شہرس اندر ہے محشرک ہو شور اوس

بوزہے گُس نغمہ لولکی ساز کیاہ وزناوہن

روٗد لوّب گُن وُنلہِ ہنز ژادر وٗلتھ انظرؔ حسن

کأکر لگھ اخلاص تمی سُند زانہہ اگر از ماوہن



از تہِ خوابس منز سو یاون مٔژ وُچھم

تس تتھے پأٹھن نظر لوٗہ ۂژ وُچھم

اوش ووتھم روٗدٕے نہٕ پانس تام کینٛہہ

پوشہ مٔژ تیژاہ میےٚ ذردیٔژ وُچھم

وانٛس لیس ژھاران ہجوس منز گیم

پوٚت ونس منز از سو یاون مٔژ وُچھم

تیٚہہ بخشنم سونتہٕ واوس از نٔوے

دارِہن تٔمی سٕنز مے یلہٕ گأمژ وُچھم

چانہِ ہتی کریٚوٹھ سفراہ میوٗٹھ چھم

نتہٕ ہمت کرتام سوریٔژ وُچھم

گٕنہِ ژکسِ غارس اندر یوٚمبرو بچھس

محفلن منز مامے ہانیٔژ وُچھم





أنۍ وُچھنچ ہأل نا ژلہِ با خدا
سون وُنن تگہِ ئے نہ سرِتلہِ با خدا
تس اچھن منز جود چھا کِنۍ بیہ چھُ کینٛہہ
بیہ تمس وُچھتھے مےٚ زیو کلہ با خدا
نیرِ ہبس شر مرنۍ بروٚنٛہہ وُچھہِ ہے اگر
اکھ دماہ بوٚمبر یمبرزلہ با خدا
سونتۍ واوس أسی تن دستِ شفا
چھوکھ یہِ جگرک میون نا ژلہِ با خدا
دبد سحر وقتس وُچھتھ نہہ دو ونان
از تہِ گُنۍ ہن روذِ جری چھلہِ با خُدا
یِی وَوکھ ہا میانہ، یاراہ تی لونکھ
کینٛہہ تہِ نا میلان چھُ اَنہِ کھلہِ با خدا
تاب کر گام و شہر شولن تمام
زرانڈ نا چھنۍ روزِوٚنی ژلہِ با خُدا
کیازِ اَنظر صأب تنٛبلیوٚمُت دپُس
وُچھتۍ پانے رحمتَس ولہِ با خُدا



اکھ پُزٲریاہ حُسنہ بِکس منٛدرَس اندر
میٹھ لولُچ دگ چھِ تس جِگرَس اندر
آفتابس مٹہٕ چھُ پرٛزلاوُن جہاں
زوٗن چھس اتھہٕ روٹ کراں سفرس اندر
اکھ الگ تاثیر چاٲنس صحبتَس
سونتہ شُہلاہ ہارٕ کس تٔژرس اندر
رٲوٕمژ چھا پٲرٕ زانے تس پٔنٕز؟
قٲد گومُت شوٗہرتس تھزرس اندر
آسُنک احساس دیُت تھم گاہ بگاہ
ساتھ دِیہ زبم تا ابد سفرس اندر
انظرن ثابت شرافت گٔر پٔنٕز
رٲچھ دستارس گٔرن مژرس اندر





پتھرے پیٹھ بادَمس ڈوٗنس چھ پھون

اَسہِ پھوان تِتھ کنۍ ژبے کُن اَخر پکَن

یُن گژھن چھُنہٕ اِختیا رَس منٛز مگر

پَنہ مرضی اسہ چھُھ یتہِ کینہہٕ دوہ زُون

تَس نہ گنہ وانے ببٹان پانس دوا

کار یَس لوکن دوہے ڈیوٚٹھم کُنُن

گراکھ ہیہ کیاہ یئلہ نہ گنہ دستار کانٛہہ

تھاو ئلۍ اَتھ بازرس یؤتاہ سَنُن

عملہِ روس تراوُن پھواں سوزے یتی

وارِ پیٹھ اسہِ موتہٕ کِس کئڈس ترُن

از مے کن تتھ کنۍ تُجن چھو وٕنی نظر

با خدا لوِ ہوٚت گلاباہ زن چھکُن

ساڈگی منٛز راز کیاہ خوش آسنُک

بس مے اوسُم انظرسؔ یؤتے پریژھن



ژے روٗس دِلس اضطراب باسان
قیامتک ہبوٕہ عذاب باسان
وُٹھن چھ ازلے مے ترٚیش لیکھتھ
چھہ ناگ تامت سراب باسان
ڈلان ژٕ نظرو چھُھم تہٕ راوان
مےٚ زوٗن تے آفتاب باسان
بہ خاب چھُس زنتہٕ کاُنسہ مُتۍ سُند
ژٕ تازٕ پھولہ وُن گلاب باسان
ژٕ کر ستم یا کرم ژے روٗس چھم
مے دوہ کڈٕن بوڈ عذاب باسان
مِرٕی ژٕ ہے چھکھ خدایہ سُنز درٕی
مے اکھ مُقدَس کِتاب باسان



# اَکھ آبہٕ مَلُر

دریاو پکان آو روزِ پکان
یہ چھِ پنہٕ نمن پرٕ دبن دیدہ ورن
دِل رٔٹنزناوان أچھو شہلاوان
یہ چھ صبحن شامن لول بران
پنہٕ نمن ملرن کھوٚنہ للہٕ ناوان
ہوٗ ہوٗ چھ کران تے اسہٕ ناوان
زنہ مأج شُربن پٔننن ساوان
لولس لرِ لوٚر چھبس مجبورِی!
پے چھُس تا اتھ نوزُک ملرس
گُنہِ وِز تہٕ اگر کھسہٕ وس چھِ گرٛھان
یہ چھِ تیوٗت گرٛھان بُتھی پھوٚرتہ بے گنڈ
چھٕنہٕ پتھ بڑ وٕنہہ باالکل کینْہی وُچھان
وُزناوان ، أنْدی پکی ساسہٕ بدبن

ملرن تہ تُلان اکھ طوفاناہ!
بٹھی پیۄر ژٹان ڈُبہٕ ڈاس کران
گامن شہرن لۆر پار کران۔
بأڈی وأران سبکہ شاٹھ ونن
ہُمہ تھدی تہ بزرگ بال ونن
نتہٕ پژٕھ تو پانے دریاوس
اتھ لۆکٹِس مۆکٹِس ملرس أکِس
گُس طاقت دِیوتمُت پانہ وَیَن۔





ہیو نفسو ژٕ یوٚ دوے مرنہٕ بڑونہہ مرہکھ زبر گژھ ہے

میٖ لافأنی سکؤناہ اکھ عطا کرہکھ زبر گژھ ہے

نکھن پیٹھ بال کُمی وٕنی نے تلٕنٛی پوٚز پننہ اخلاصے

ژکنہ وزِ کانسہ محتاجس مدد کر ہکھ زبر گژھ ہے

یہ منصب تے بجر کؤتاہ تہ آوٗر اُسی تن تھاوان

یمو روچھ ہکھ تمن کُن ژٕھر نظر کرہکھ زبر گژھ ہے

شرٕبن ہوٚند گاہ بیگاہ کارن جہازن منٛز نژن جائے

ووکھلی پکہ نس تہ یوٚ دوے عادتھاہ کرہکھ زبر گژھ ہے

پٕنس شپ دتھ کرامت زانٛہہ تہ ماہ اُوتھ توے انٓظرٚ

نبس نوی اچھر تارکھ کینٛہہ اگر جرہکھ زبر گژھ ہے





نیٚنٛدرِ کم کم خواب وُزِناوان چھسے
زندگی ہندی جامہٕ رنگہ ناوان چھسے
بۓ چھسے باغن اندر ہرٛی ہرٛی پھولان
عالمس چاۓنس بہ رنزِناوان چھسے
وَکھ رُکان عالم وسان سجدس مے ٚ ییتی
سر بصد اخلاص نوٗمبراوان چھسے
دارِ بر تامت ہوان بولُن ییتھے
سورہ رحمٰن بہ گنگراوان چھسے
بُڑ عبادت چھم تھکنہٕ لایق یوہے
دل شُربن پنہٕ نمن بہ رنزِناوان چھسے
ییٚلہٕ ووتھان مظلوٗمہٕ سُند آلو بُتھ
عرشِ اعلیٰ تام وبسراوان چھسے
فلسفاہ شعرن اندر چھنہ کانہہ مگر
گتھ وجوٗدِچ ہا بہ گنگراوان چھسے





ہر حالس منز بُتھ اسہٕ نوٗوم
ہمسوسک ہر مکھ دوبروٗوم
خوابہٕ شہر زن گو وأرانۍ
ہمدردن تامت ما بوٗوم
چانۍ خبر ییلہٕ کانسہ میے پرژھنم
چشمن منز زن یُپ شر وپروٗوم
کوٚنڈے کوٚنڈِ چھِ واربن کھہن منز
میٚتہٕ وُچھتھۍ از سخ پچھتو وُم
زٲرنہٕ ئے زردی چانِس بُتھِس پیٹھ
نتہٕ لوٚب گوٚب سوٗروے منسوٗوم
از خابن منز صچأے صچأے
پٲرِین شہزاداہ سمکھو وُم
شہہ پاراہ وُنہ لوٚکھہٕ نہ انٛظر
گوڈٕگس زن کاراہ أنزروٗوم



سوٗ یاوَن مژٕ وُچھم خوابَس اندر بےٚ یہِ پان پأرأوِتھ

تِتھَے کنٕ زوٗن تے تارَکھ مےٚ اندٕ پٔکھی اُسی چھکرأوِتھ

چُھما روشُن روا میانئن خیالَن ہُند شہر وُچھ نے

ولا میأنس دِلس ہا دار برِ چھی از بِتہٕ مژرأوتھ

مےٚ اَکھ وأنساٗ گیَم ووٗنی پئنہٕ شہرُک شور وشر بوزان

خبر از پوٚت ونن منٛز وِگنہِ ونہٕ وُن چھاتہِ رژھرأوِتھ

دپان چھُس دوہ زٕ دوہ گوژھ پوشہٕ موٚت لوکچار واپس یئن

تِتھَے کنٕ گر پہر سمیک یہ ٹھُوپ ژھنہ ہا بہ پھٹرأوِتھ

سفر زنہٕ پیوٚ وکرُن بزٕ ونہٕ کُن اچانک نیہہٕ گژِس اندرے

أچھن منٛز تھاو ہوکم کاسہِ زُنہِ گاشاہ تہٕ رژھرأوِتھ

مےٚ چھم لخت جگر دوہلے دپان اَنظر زُتنٕ ہاوُم

زمانس کیاہ ونو ژھوٚنمت چھُنم تمی کیازِ ہسرأوتھ





سر وندے ووتھ سر مٔے دوپنَم
مرنہ برۄنٹھے مر مٔے دوپنَم
جریہ سٔر ۂے زر مٔے دوپنَم
زرکھۄ یوتاہ زر مٔے دوپنَم
دوہ چھِ گٔژ تام آدنکی بَس
ننبدرِ ووتھ کینہہ کر مٔے دوپنَم
لولہٕ ییتی شوٗب چھٔے اتھ
ننہ چھ دنیا کھر مٔے دوپنَم
چھوٚت گرٔھان چھا کاو چھٔلی چھٔلی
ضایعِ دوہ ما کر مٔے دوپنَم
لفظٕ ورتاو ییٚتھنہٕ مشرکھ
ییٚتہ ساٚ چھےٚ اکھ ہُنر مٔے دوپنَم
تُل قلم لولُک ژٕ انظر
بن سخی بأگر مٔے دوپنَم



# سأنٮ کأشُر ماجہِ زبو

ؤنیہس یتھ ماجہِ ہُند ییمٕ شہر چیوو
ٹاٹھ شہرٕکی پاٹھی آسہس ماجہِ زبو
کأشرس سأنِس مگر الگٕے اثر
جنتہٕ منٛز نیران چھہِ زن دودٕچی نہر
لولہِ والین عام لوٗکن ہنٛز زبان
شوٗزٕ پیرن پارسایَن ہنٛز زبان
ییتہِ چھ پرٕزٕے بارہا لتہٕ موٗنڈ گٔیس
پننہِ نِہے وطنس اندر زنہ ترٕٹھ پیٚیس
انہٕ وندے اَتھ پلوہ تے دربأری پھری
بے شرم ابنِ الوقت تے حیلہ گٔرٕی
وطنہٕ کیو پردار کیو ییٚلہِ دوٗر ہیوٚت
حکمرانن نیٚبرمین کس راہ کھوٚت
چمچہٕ گی تمہِ روٗدی مُشہِ ٹنٛڈن کران
مسخرن ہنٛدی پاٹھی پٔنٕی یڈٕ بران

از تہٕ کینژھو جاۂلو تُژ مۂژ علم
راہزنن داراں چھ شاہ توٗسکو ہلم
فارسی رسم الخطس امہِ کِس ہبڈان
مول لفظن ہٕندی ژٹان واٹان گران
محسنن ندامت پٕژُن دُشمن ونان
پھکھ لِسأنی خاندانن مژ تُلان
ہوشہِ والبو پوٗز دوہے اَتھ لول بوٗر
چاپلوسن وارياہ یوٗ دوَے تہٕ کھوٗر
وَتھ ہٕنٛز ووٗنی پانہٕ رَٹہِ کأشر زبان
اَتھ چھ اند وند أسی تھٕے رب مہربان





کُس تہ کیاہ چھُکھ سرن ینو مشرکھ
زنہٕ پانے مرن، ینو مشرکھ

سونتہ شہجار ہا چھہ بس کینٛہہ دوہ
ہرُد ہا گو ہرُن ینو مشرکھ

چھپے ہنا نوز کے ژے پکھ یوٚدوے
پچھنہ سدرُس ترن ینو مشرکھ

اند چھہ اُخر زندگی واتُن
پننہٕ دوہہ چھوٚے مرن ینو مشرکھ

رٕتی اچھر ژار شعر باپت پوٚز
مختہ سوچک جرُن ینو مشرکھ

کینٛہہ زمانکی تہ کینٛہہ پننٕ غم چھِم
دلہٕ امن آ ڈرُن ینو مشرکھ





سوٚنیامٕژ ہوشہ ژٕنۍ مٕژ زوٚان از

ظالمو زان تاو تٕنۍ مٕژ زوٚان ازٕ

تلہ سا رٕنزٕناویوٚن گلریزاہ پٕرتھ

آونٕز شوٚقلر چھہ ژٕنۍ مٕژ زوٚان ازٕ

گٔس وٕنِہ پانس میہ چھنہ فکرے تران

کتھ سٕنبرٕژ کیاز ژٕنۍ مٕژ زوٚان ازٕ

یا اسان ژٕھبہ ژٕھبہ کرِ تھ نتہ تٕنۍ وٕدان

لولہ نیاین کاژٕ ژٕنۍ مٕژ زوٚان ازٕ

شوٚژ اولٕو تاثٕر سر شاید تٔمس

مارکن چیتھٕر تہ یٕنۍ مٕژ زوٚان ازٕ

زن سیاہی ماتٕج نیرٕن نیٚن

سلطنت ترآوِتھ چھہ ژٕنۍ مٕژ زوٚان ازٕ

دِل دیان روزٕن مٕدے گنٕدتھٕ وچھان

حوٗر بہشٕ آثر وانہ چھنۍ مٕژ زوٚان ازٕ

آسہ یوٚدوے بے خبر زٕ زبس کٔنن

انظرٕن چشمن چھہ نٕۍ مٕژ زوٚان ازٕ

# پرٛ ژھومس تہٕ ووٗن نَم

سوال أسی کمہ تہٕ ییٚتہٕ کران کیاہ؟

جواب شُرۍ ژھاران چھِ ماجاہ۔

سوال مقصد چھِ دُنیٚک کیاہ؟

جواب اسہِ سۭوت چھ امتحاناہ۔

سوال عملن چھِ اسہِ ہسر کیاہ؟

جواب یی دُنیٚچ چھ شُوباہ۔

سوال ژکہِ وَنتہٕ راتھ دوہ کیاہ؟

جواب اکھ زٕتھِ زبوٗتھ خاباہ۔

سوال ییٚتہٕ نیرِتھ کرٕن کیاہ؟

جواب پراؤن چھِ محنتاناہ۔

سوال تقدیرس وَنِکھ کیاہ؟

جواب اکھ پۆز تہٕ پۆرخاباہ۔

سوال کروے مُرِتھ کرو کیاہ؟

جواب سبٹھے کمن سکوناہ

سوال موتُچ حقیقتاہ کیاہ؟

جواب اکھ جایہِ پھِسۆرتہٕ بیہٕ کیاہ۔





یِکھنا بیٚیہِ اکہِ لٹہِ سوٗرے کیٛنہہ مشرٲوتھ
دکھنا ووٗنی تقدیرُک نیٚایاہ انزرٲوتھ

از تہٕ چھہِ میانٚین سازن پیٚیم گیوٗر ٹُلان
آرہ پلس پیٹھ زل پرٚیاہ مس مُورٲوتھ

رنگہ ڈالانس پیٹھ چھم خوابن مالہِ کران
زانہِ خدا رُت تعبیراہ ہیکوا پرٲوِتھ

اِد اتھ پزرس کیاہ زن کرِ یوسف کنعان
تھزٕرے رایہ زلیخا از تہٕ چھہ پأرٲوتھ

دراو سکندرِ اعظم تامت اتھہِ ہاوان
طاقت، دولت، شہرت سوٗرے کیٛنہہ ترٲوتھ

بیہِ ریشی وارِ چھہِ لُجمٕژ شاید لولہِ نظر
اکھ اکھ لنٛڑ تھوٗنس طوٗفانن پھٕٹرٲوِتھ

اَنظر خوش روزان تی لوکن ہیچھناوان
اندی پکھی چھس تارکھ انبر ہو چھکرٲوتھ



اَکھ کاراہ چھہ انزران شوق پالان
وتن چانئن وچھان اَشِ گاش زالان
بُتھِس اسناہ مرتھ کیاہ کیاہ نہٕ ژالان
مَہ سَن اَسِ کیازِ شاہ کھالان ہتہ والان
سبتھاہ خوشوُن چھُ تارَکھ نَب تہ حالس
اشک رُوداہ مےٚ چھم شِنہ مانہٕ گالان
پُھلےٚ لُج بیٚیہٕ نِشاطن شالہٕ مارن
مےٚ غمہٕ چِہ بنسری چھم از تہٕ نالان
جُدائی ہُند تصور شامہٕ پتہٕ چُھم
گھیے کھالان گھیے بالَن میہ والان
تلا اَن تن مےٚ خوشوُن سونتھ چھُم نا
مژر پھِری تلان حبس ہوش ڈالان
شرِی حاران حسن انظر چھ رِکتھہٕ اکنہٕ
غمن اَندَر پننہٕ پرزنَتھ سنبھالان

# مےٚ سیوٚد وُچھتم

سحر وقتن مےٚ از مولٲنِن ژِہن منز
زمانس بییہِ ووٚنم تراوُم سا لوٚب گُن
خیالن ہُند شہر اوسُم بَساوُن
مولٲنِہ احساس کاٗتیاہ چِھم مےٚ دَم پھُٹ
گوڈے کھوٚر چھم مےٚ آمت سوٚچہ تراین
نفس چھُم رِزقہِ دانِن پتھ پھسیوٚمت
تہٕ مقصد زندگی ہوٚند چھُم مےٚ موٚٹھمت
بہٕ نا رأہب چھُسے منزل مگر شکلےٚ تہٕ ما چھُم
ہنا مہلت گرِہہم صبحن تہٕ شامن!
مےٚ پنہٕ نے آیہ چھُم دنیا بساوُن
نوُوے افتاب تے تارکھ نوِ ے تتھ کرِ تھوٚرنٕ چھم
چھہِ گوٚنہ ماتن موٚدُر آزار تخلیق عنایت
خدا صاٗبا مےٚ سال ہرنے ژٕ سیوٚد وُچھتاھ

# ژٕ کأژاہ مہرباں چھبکھ

خداین یام لیٚوکھ میأنِس حقس منز
ژٕ آیکھ زِندگی منز میّانہٕ یکدَم
ہوا زنہٕ یِونہٕ سونٛتگ
دِتھُتھ زۄبیہ امارن
دٕزِتھ زیو لولہٕ شعرن
وونُتھ پےٚ نو بہارن ہنٛد
نِشاطن شالہٕ مأرن ہُنٛد
اوٗنُتھ واپَس ژبے ژھأرِتھ میون یاوُن
بسأوِتھ خاب بیہٕ وأران اُچھَن منز
سبٹھاہ خوش چھُس ہیکے ہُورِتھ بہ کتھہٕ کُنی
خبر نتہ ما چھِنکھ تمی سوزمُت اِہ کنی
زِ پنٛنین لولہٕ شعرن منز تھوتھ رٔژھرِتھ
تہٕ کرنے لگھ سبٹھاہ تعظم یِنہٕ والین زمانن منز
بہ چھُس گونہ ماتھ یِی مُمکن چھُ باسان





از تہ سنطوٗرس مےٚ دلہٕ کس تارٕ چاران راتھ گئے

از تہ ژبےٚ خوابسٕ اندر پراران پراران راتھ گئے

کوچہ مٔنزی نیران نیران مٔتی کتھاہ پلہٕ نأونم

تتھٕی سران سوچان تہ مطلب معنہ ژھاران راتھ گئے

وُچھنہٕ درایے اتھ محل خانس اندر سپدان چھُ کیاہ

گابرِتھ پوٚت کھورِ وتھ ساران ساران راتھ گئے

ازتہٕ تارکھ جامہٕ لأگتھ ژونگ زألتھ زونہٕ ہُنٛد

دردٕ سٔدرس منٛز بوٚڈان گاہ جونٹہٕ ماران راتھ گئے

وُچھ وفادأری چھِ ژھاران کوفہٕ کس شہرس اندر

ہائے زن کرنجلس اندر اَسہِ آب ساران راتھ گئے

تتھہٕ کنبتھ پرٚوژھنم زِ سورٕے سینہٕ مژرتھ ہووُمَس

نجدٕہ ون گُن واپسے لاران لاران راتھ گئے

برٕ نبر ما دراو کانہہ تم أسی زن قبرن اندر

جائی یارس ناد لایان پان ماران راتھ گئے

نکھہٕ پیٹھک شُر گوم أندرے اوس نا انظر پوٚتس

شش جہاتس خواہ مخواہ ژھاران راتھ گئے



روٗدکھ کھئٹِتھ ہا یارٕ بے پروایہ ونےَ کیاہ
کم خاب کم ارمان ئرؠ تھم ضایہ ونےَ کیاہ
کیُتھ تام گرٕزھتھ چھس اژان گھریبلہِ تہٕ سمکھان چھلکھ
نیران پوٚت کھوربے بہ چانبے رایہِ ونےَ کیاہ
أنٛدی پٔکھی نژان بستی اندر چھِم ژٔرؠ تہٕ کلی یاتی
پیٹھہٕ باجہ دِلُک چھُم وزان بے وایہ ونےَ کیاہ
یَس آے کانٛچھان رُوٗدؠ تے زو جان فِدا کوٚر
سُے شراکھ ہتھ اوسم نہٕ زاگان بھایہ ونےَ کیاہ
مےٚ چھم خبر بوزان وُچھان سوزٕنے چھ سُہ پانےَ
پوٚز لاگہ یوٚتھ کر سانہ یرٕ دٔنہِ نایہ ونےَ کیاہ
خابن خیالن منٛز بساوان از تہٕ چھے انٛظر
اکھ خوب صورت شہر چانبے مایہِ ونےَ کیاہ





تماشا چھے صبح تے شام باسان

مےٚ اتھی منز کشف تے الھام باسان

یوان خوش واو سونتگ سارِنَے پوٚز

مبہ چُھم تھدِ پایہ اَکھ پأغام باسان

حقیقت مأری منز دِل کش کِتاباہ

ووں گو منزی منزی چھُ کانہہ ابہام باسان

کمن کوچَن لوٚگکھ ژھاران کیاہ چُھکھ

ژےٚ ما ہشتھے گو مُت انجام باسان

بہٕ اوسُس حالِ حأران مُر شِدس روس

کرم کوٚ رَم تہٕ چُھم آ رام باسان

وُچھان روٗیَس ژےٚ روزَے تا ابد ووٚنی

ژےٚ روس ہےَ پان چُھم بے نام باسان





بار شانن أولِین پتھ تُلنہٕ آدم ذاتھ ئلو
زیٹھِ زیوٹھے امتحاناہ چھنہ دوان دوہ راتھ ئلو

لُکھ چھ ژھیہ پیہربن اندر دوہ دہن کڈان انسان ہُنتھ
محل خانن ہُندی متا ہیچھ ناو تکھ وفراتھ ئلو

ووتھ پتُن ینہ کال کر تعمیر وونی پنہ نو اَتھو
ہے کمن سا معجزن پراران چھہم دوہ راتھ ئلو

آشہِ رؤدُس باشہ کرؤں یار ییہِ ازنے پگاہ
اِز یتو لاکن کرِتھ گو ضایع کُس وہراتھ ئلو

فاقہ دی دی مؤد مؤنڈ ہؤند کُن نچو ژھوپہ دم کرِتھ
محلّہ زِنٹھی چھِس ناوِ باپتھ بأگران خأراتھ ئلو

مقصدئچ لاکم اتھن منز پزِ رٹنی محکم دوہے
گیہٕ اگر خؤد راہٕ عقل لگہِ تاونس بتراتھ ئلو

زندگی ہُند زہر چےَ چھے انظرآہ چکھ نا مران
أسی تہ نا یارا ونان وتتک ژے چھی سقراط ئلو





باساں چھ قیامت ژبے روٗس دوہہ راتھ دماہ بیہہ
پنٕہ راوِ زالبو منٛزی یہ شُہُل ساتھ دماہ بیہہ
وولہ تھاو گرِنی شکوہ شکایاتھ دماہ بیہہ
یژ کالی از سپدیٚو ملاقاتھ دماہ بیہہ
یتہٕ یور موٗلاہ ہاٲتن سبزار بہارُک
وونی سۆر أچھو سانبو سبٹھاہ وہراتھ دماہ بیہہ
یتھہٕ ِکنی اچانک چون یہ سمکھن چھُ غنیمت
وُچھ ووسنس أنی مژ ژیٚنے چھے بت راتھ دماہ بیہہ
معصوم نظرو ستی چھکھ پاواں مے ژیٚتس از
جنت حوّا آدم تہٕ پتہٕ عرفاتھ دماہ بیہہ
وُنہٕ گے نہ جُدا کیازِ اوش ہارُن ژٕ ہوان چھکھ
دِل چھُم دپان کرِ لول کراماتھ دماہ بیہہ
حبس کُری زِیٖنہٕ اتھ شر گژھی راوی حسن النظر
دلہٕ أوِلے زانُن' چھنا گونہٕ ماتھ دماہ بیہہ



# یہ زِندگانی تہٕ آزمائش

ژٕ کیازِ اژھا گابرپِژ

ؤں پتہٕ ژٔلکھ فون میأنی دِرے چھے

ژٕ کونہٕ سمجان چھِ سون سمکھن تہٕ آزمائش

تہٕ سون دوربہ تہٕ آزمائش

بجاے خود چھے یہٕ زِندگانی تہٕ آزمائش!

مے تلہٕ تہٕ أہم دؤر گژھ تھے فِکر یہ روزان

خبر مے رؤس ما ملول آسکھ

خبر ژبے گُزرِس تہٕ نیہہ ہِٹس منز وَدُن ییٖ ما

ژٕ تیز ہَوٕہس تہٕ روٕ دٕ شرانبن اندر پھسِتھ کیاہ کران آسکھ

ژبے ہارکس تاپَس لگِتھ ژٔم وزان آسی

تہٕ بیٖہٕ تہٕ کیاہ کیاہ۔

بہ از تہٕ سوچان چھُس تِتھے کُنہِ دُور سپدِتھ

پتھہٕ چھِ زأنتھ زِ سانہٕ بستی اندر چھِ ازکل

موت کرتَب عجیب ہاوان

گُننمن پھٹان اؤش مگر وَنن کیاہ

نبَس گرٔھان گگ تہٕ اؤش نہٕ ہاران

صلح پسندن شریف زادَن پھوان چھِ سوزُے سَرُن تہٕ ژالُن

اوَے چھِ لأزِم یہِ سون دۄربر تہٕ سون سمکھَن

یۄہے تہِ کرِسائٔ دِل ہناڈری

یۄہے تہِ ہیچھہٕ ناوِ صدمہٕ ژاٰلنۍ

بھروسہٕ کینٛہہ ما چھِ زندگی پیٹھ

مرُن چھُنا اسہِ تہٕ لانہ لیکھِتھ

سہٕ سر نہٕ برونٹھے

یہٕ سون سمکھُن تہٕ دور سپدُن

یہ آزمائش چھِ لأزمی ہش۔





میانہِ آدن یارٕ پۆت پھیرتھ مےٚ ژَل
یَنہٕ تہٕ تنہٕ سمکھیاے ووٚنی نظرو مےٚ ڈَل
کر دفن وچھہٕ سٔے اندر سفرُک ٹیچھر
وُچھ مےٚ پَتھ گُن سرمہ چشمن ہُنٛد مےٚ چھل
زندگی چھنہ گفہٕ کتھاہ یتھہٕ کنٛز تہ کینٛہہ
چون دُوربر چھس کران زہراہ تہٕ رَل
وِیہہ بدلٕونی راز کِتھہٕ کِنیٛ سمجھو
بأو گوٚنماتن کتھاہ لَس کرٕ سہل
اوس صحراون نژان ئلیٚ أخرس
ووت بیہٕ زبنہ جایہ گُن شونٛگ بونہٕ تَل
فطرَتس منٛز انکسأری انظرٓس
روزنس لنٛجبن لگن نومبران پھَل





وُنہِ تِتھے ہِکنہٕ دوستن منز بُتھ بہ اسناوان چھسے

چون ہے پرٛژھنم تہٕ دشمن اوش بہ شروپراوان چھسے

تازٕ سونتک واو یا اِد تاپھ ہأرک اُسی تن

چانہِ لولُکہ پوشہ تھٔر پیہم بہ سگہ ناوان چھسے

ترٛبن تہ ترٛوہن منز تِتھے ہِکنہٕ از تہِ چھکھ زن رأوِمٕژ

بے ارادے ما کتھاہ کانہہ آدِنچ بھاوان چھسے

بۄلی لٔجمٕژ بازرس منز مصرِ کس حض یوسفس

ستھرِ کوناہ ہتھ پنن طالع بہ آزماوان چھسے

راتھ بیٛنہِ منز خواہ مخواہ تھاواں چھہٕ افتابس کھٔٹتھ

ژۄرِ یتھہٕ ہِکنہٕ چون غم شعرن اندر تھاوان چھسے

پوشہٕ وُن چھا نیٛول نب تے پوشہٕ مر یا گُلی شُہُل

کاوِ بیٛنہِ وولاہ سورٕے اَنظر ژیٛتس باوان چھسے





بِنتھ اکھ ٹھۆر طفانن بھاو آسُن
زمانن تے مکانن بھاو آسُن
گوٚپھن غارن اندر چھا جاے مردن
مژر تُل دون جہانن بھاو آسُن
بِنتھ سونتک ہوا وُزناو باغن
گل اندامن گلابن بھاو آسُن
تیٚتھے کینِہہ کر یمیُک گربز بوزِ عالم
ژِ آرن آبشارن بھاو آسُن
ژےٚ رنگہٕ رنگہٕ آزماوان چھُے یہ دنیا
ژِ سن امہِ کمن اشارن بھاو آسُن
نظر تُج کایناتس کُن تہٕ کھوٗژُس
کنس تل وون زمانن بھاو آسُن
ژِ پنہٕ نےٚ آیہِ وَن کینژھا تہِ انظر
وول گو کم گژھِ نہٕ شعرن بھاو آسُن





سُلہِ سوئنتہٕ اکھ مۆکھہٕ پڑون گُنی نظراہ مے کٲرِتھ گو

واللہ ڈیکس یکبار زن دیواناہ لیکھتھ گو

ووپرن بہ کیاہ ونہٕ ہا مبے پنہٕ نی آدنکی یارن

اکھ پوشہٕ گۆند ییٚلہِ لوٚتنم اڑٕ مور کٲرِتھ گو

اتہ اوس گھراہ نیک خوش اطور لۆکن ہونٛد

لُہروو کُمرِ تے گس یہ دتُر بنگہ ووِتھ گو

ووٕنی ہوشہٕ ہتھ ہاران چھِ کۆتاہ خونِ دِل چشمو

گۆڈٕ بُلی کھوٚٹمن پوٚنسن پٹُن دستار کٔنِتھ گو

روزان چھ گُپتھ راز یم اکثر کتابن منز

موٚت ڈُچھتہ کمہِ انمانہٕ تم اظہار کٲرِتھ گو

سأری سُمِتھ بیرد تہٕ بَھوکنی ووں چھس ژھاراں

انظر یہ کوٚت متی پأٹھی وولرس ژھانٹہِ ترِتھ گو





یُژ کالِ مےٚ گامُک میوٹھ مُژھیٚل وِرِوار وُچھم
لوکہٕ چار پٔژن مٔژ نبٔد رِ گش ھان بے دار وُچھم

اَی سونتکی واون ہٕو بیہ تھپھ دِتھ موٚن مٔژر
بیہ سبزارس منٛز خوشوٚن خوشوٚن نار وُچھم

یہِ شامس گوڑِ باسیوٚ وےٚ پرٛژ ھوٚن پان پٔژن
پتہٕ خوابس منٛز اوش ہاران جگری یار وُچھم

برٛی اَسی کتھن میٹھیاٰمُ شامس بأگی سرٛی
نکہٕ پٔتیٚ کنٛی بُرزٕ پٔشس تل زالان نار وُچھم

یتہٕ لُکھ افتابس ہنگہٕ منگہٕ رتہ ئری پان کران
یتھ بُستی کوٗفہٕ کہ شہرک ہوٚ انہار وُچھم

دوگنیار گھرن منز ایوانن منز جلسن منز
پۆز مبے خانن منزاکھ بدلۓ مِلوار وچھم

شنہٕ قہرس منز تہ مبے ہۆکھمتی گُلی استادٕ وچھِم
یبلہِ زنہٕ ربتہٕ کاٗلس منز تہِ پہوان دیودار وچھم

تاکید کران یمہ رہبر امنگ عام لگُن
تہنْدین ذہنن منز حسدُک بۆڈ انبار وچھم

انظرؔ صاٗبس بے باک پزر ونہ نک عادت
اِدٕ اوے کلامہ مبے تِمی سُنْد گو ہر بار وچھم





مےٚ وِنتھٕے ہیوٚک نہ زانہہ تریاق زہرس تے سوٚنس سرتل
توے از دروت پھُٹرأوتھ بہ گر ناوان چھُسے کرتل
زبنک مرنک اصوٗلاہ کانہہ مقرر پننہٕ باپت کر
ینا راوکھ ہجوٗمس منز اژِتھ پانے ژٹکھ ہانکل
یوٗہے سبزار تے شہجار وطنک تا ابد پوٗشِن
خدابوٗزن اَسان روٗزن دوہے اَسہِ ڈل تہ مانس بل
پکُن چھوٚے بروٗنٹھ گُن پانس ینا مشتھٕے گرٛھی سوٚرے
چُھ موٚت رہتہٕ کول نادانن کران مدٕہوش تے پاگل
تھزر سوچک سکوٚں روٗحک موٚلُل سرمایہ چھی حاصِل
وُں گو ینہ ہوش حبس رأوی پگاہ تھاون چھِ نظرن تل
ژٕ پانس أندی أندی نژکھا دوہے تِلہٕ وأنی داندااہ ہبوٗہ
قرارِ جاں لگُن گژھ آلوان پانے وٗزِی شش کل
خدایس گُن نمن وأُلی چھ انظر سرخرو سپدان
کرکھ یبلہ سجدہ انسانس پہی دستار پادن تل





ییِہٕ بہار آمت نشاطن شالمارن چاۓنی درٔے

ییِہٕ دِوان زیو چاۓنی کل از لولہ شعرن چاۓنی درٔے

ییِہٕ پرٕ ژھان چھم پے پتاہ چونٔے تہٕ زنہٕ گلہِ زیو گرٕژھان

ییِہٕ تلان ساَری مژر میانٮن امارن چاۓنی درٔے

ییِہٕ چھُ از باغن کھٮن نیربن نین کوہ دامنن

پوش چھکراوان تہٕ ژھاران یار یارن چاۓنی درٔے

شوٗبہِ ؤنی بتراٹ چھُم زن ہوشہ آمژ نوش لب

شاپھ زن یژھہِ کاُلی ٹلہ نس نو بہارن چاۓنی درٔے

اہرہ بل باسان چھہِ زن چانٮن اچھن ہُند اوش وسان

تازٕ اکھ اکھ یاد کر اٗی آبشارن چاۓنی درٔے

چانہِ باپت شامنس انتظر وچھم مایوس ہیۆ

لس چھُ جگرے زولمت از لالہٕ زارن چاۓنی درٔے





لأنٛ نیالیس وُنہِ چھ انزراوان ئلو
آش تمی سۄنٛز ما چھِ تنبلاوان ئلو
میےٚ تہِ چھُ پے پانس زِ اکھ مژراہ چھہ بس
شامہٕ رنگی بۆمبراہ چھہ گنگراوان ئلو
چھنہٕ عجب آسو تمِس مشتھٔے گُمتو
مامے تُمی سۄنٛز ما چھہ ژھٹہٕ ناوان ئلو
بدلہٕ وُنٛی حالات ڈیشتھ چھُس دپان
زۄنہٕ پچھ ککون چھہ پھرٚکہٕ ناوان ئلو
ییٚلہِ ووٚں تیٚلہِ لولس پیٚکھ کرنِ قدر
اُسی تہِ چھنہ صحراو سگہ ناوان ئلو
انظرآہ سرتل چھِ سرتل سۆن چھُ سۆن
لولہٕ رٔستمن چھُکھ ژٕ پرکھاوان ئلو





نۆوُے پأغام باوان واو سونتک
تۂ جامن چاک دیاوان واو سونتک
گچھِن پوشن ونن منز چانہ باپتھ
وتو پیٹھی از تہ تھاوان واو سونتک
چھناین تیر کھلمھ ہتھ سالہٕ پھلین
نین نیربن سجاوان واو سونتک
چھہ ووشلیومت سبتھاہ ہرکھ تمس ما
ژتبس پۆت کال پاوان واو سونتک
ژکس تل چھے بۄستھ نُنۂ بون شہراہ
پزر وولرس چھُ بھاوان واو سونتک
وُٹھس پیٹھ چھس اسُن پۆز چشمہ پُر نم
دلیلا بوزناوان واو سونتک
بدن رتۂ سٔری دلس منز توتہِ انتظر
شہر نوی نوی بساوان واو سونتک





مےٚ زردی پھیرِ مژ لأوِس شبابس
پزِی دِیوٚن چاکھ ووٗنی پانے نقابس
کتھن چانین وتن چانین فدا چھُس
وُں ژئے تعبیر باسان کُنہِ تہِ خوابس
خبر کینژھا تہ أسن قاصداوَن
کمی رژھ کھنڈ تہ گژھ میانس عذابس
چھُ آمُت واو سونتک تمی سُندی کنژ
توے مژراہ تُلان دِلہِ کِس ربابَس
گلن ہنز گل رخن ہنز کتھ چھ جأری
یہ کتھ شأمل ہوان کرنِی نصابس
نشاطن شالمارن پھیرِ ہو پوٚز
بہ لوٚگمت لولہ نیالیس اضطرابس
کنُے بتھ تے کنُی زیو یتہِ چھ لوکن
بہ نظرِ کم وُچھان یمہ ماہتابس
پرٚژھان انظر وُچھم واوس تہ کاوس
سہٕ پراران راتھ دوہ چأنسِ جوابس



یا تہٕ چونٕے اسُن دلس ویہ وُن
نتہٕ گلابک پھولُن دلس وَیہ وُن
اَلِر زالان چھنا سا نتہ ہے اوس
وُزملن ہۆند نژُن دلس ویہ وُن
وبتھ چھ سوزٕے وچھان دٕچھنٕر کھوٕرر
چُھنہٕ کیہنٕی اسہٕ وُن دلس وَیہ وُن
ہے کھن منز یہ دانیہ چھا کینہٕ سۆن
ماہ رخن ہۆند لۆنن دلس ویہ وُن
چانہ گامک مے پے پتاہ ونہِ گُس
سارِنٕے ما پژژھُن دلس ویہ وُن
ریہہ وٕتھِن لیس وُں لتس مگر انظر
پۆز بتھِس پیٹھ وُنن دلس ویہ وُن



## زٕٹُھ

مےٚ تنہاَیی اندر چھُم جان جاناں رودمُت باساں

تُمِس نش وأتیٚ تھے زنہٕ چھُم پئُن پان رودمُت باساں

وُچھِتھ بے عار حُسنس کُن دِلک موصوم کستُوارہ

گبوان یبلہ سینہ پنجرس منز چھُ زو جان رودمُت باساں





چشمہٕ ودھراوان وَتن یارس بہٕ چھُس

ہاے لوٚگمُت توٚندرٕ کِس نارس بہٕ چھُس

کانٛہہ تہِ امکانٕے نہ تُمٔ یِنٛدِ واتہٕ ئُک

اِنتظارس توتہِ بے عارس بے چھُس





ژےٚ گن وُچھتھٕے ڈلان ہوشو سری از
ییٚنے بازر ژٕ نیرکھ شہہ پری از
چھہ واوس صبح کِس تأثیر چونُے
ہیچھان ژبے نِش ییمبرزل دِل برئ از
ویسن منز باگ آرس پیٹھ مےٚ وُچھمکھ
ژٕ آشکھ زنتہٕ باسان زل پری از
مےٚ کتھ منز لوٚب نہ پرتو چانہٕ حُسنک
وُزان پوٚت ژھایہ چانے شاعری از
خیالن ہُند شہر روشن کران چھکھ
تہ ووزلی پوشِ میٚتہٕ ارپن کرِی از
کوے زِبو پیٹھ انان چھکھ روشنۍ کتھ
ییٚنۍ اتھہٕ شر گژھی عاشق مری از
چھہٕ دُر داۂنچ قدر سرِنئ اما پوٚز
حسن انظر ژبے شعرن منز جری از





''کبھی کبھی میرے دل میں خیال آتا ہے..........''

بہٕ دھُن چھہِ کأژاہ کران خوش کنن ٹھہر تامتھ

ژٕ چھکھ قرار ژٕ پھولہٕ وُن چمن ٹھہر تامتھ

ژےٚ چھے زمانہٕ وُنکمن آیتن ٹھہر تامتھ

مُدے گنڈِتھ بہٕ وُچھے دون وُٹھن ٹھہر تامتھ

ژے چھی گلاب پھولان اَز کتھن ٹھہر تامتھ

چھسے وُچھان بہ نوٚے عالماہ یمن اندر

بہٕ دل نثار کرے دون اچھن ٹھہر تامتھ

چھہٕ سوننہ واو چھکان پوش زنہٕ نین نیربن

مےٚ شہلتھاہ چھہِ پیوان ہاوسن ٹھہر تامتھ

چھما نقابہٕ ورأیِ روا پکُن یتھہٕ ئُنٕز
بچارٕ کأتیاہ بشر ئلٕو ڈلن ٹھہر تامتھ

لکبھان بیاض بہٕ لوٗئِچ چھسے ژٕ دِس نظراہ
ہُشارٕ دل تہٕ خبر ما پرن ٹھہر تامتھ

امارٕ چانہ محل کیٛتھ یہٕ خواب زارن مٕژ
بنوومُت چھُ حسن انظرنٓ ٹھہر تامتھ



# نُندِ بون گلاباہ سُوٚ ے

پھوٚجمٕژ چھِ گلابہ تھٲراہ
اتھ شوٗبہِ کرُن واہ واہ
کینہہ پھوٚلی متی کینہہ اڈٕ پھوٚلی
مُشکاہ چھِ زبر کوتاہ!
مست کوٚرنس اَمِکی مُشکن
دِل میون تہِ زنہٕ پوشاہ
اتھہٕ دونوٚے ووٚتھی پانے
زِیو دراو مے دعایہ خٲراہ
"پھوٚلہ وُن یہ چمن روزِن
اسہِ وبڑھی تن دوہے چھاون
یوٚت زانہہ مہٕ ہرُد وأتِن

یوٚت زانٛہہ مہٕ ہرُد وأتِن"

برونہہ گن پوٚز یام پوٚگس

پٲتٕ کِنٕ گیہ پھسراپاہ

گس تام ژٹان ڈیوٹھم

تُندٕ بون گلاباہ سوٚے

یتھ آے مہے ووٚنی کانٛچھو و

تمٕی وُچھ نہ مے گن شاید

تمٕی بوزنٕہ ووٚش شاید





چھکراوان اوس خوشبو پانہٕ سحر وقتس
قسمتہ والبو بُری دامانہٕ سحر وقتس

اوش یہلہِ کھوت عرشس گُن اِد ما تأرے لُج
نورٕچ ژادَروژھ اسمانہٕ سحر وقتس

کیاہ تام اوُسن روتٕلی لبہِ تھومُت لیکھِتھ
اوش گنڈٕ یتھ نہنووُن پانہٕ سحر وقتس

بدئے کیاہ تام سوچِتھ تازہ گلابن از
دُن سورُے لوٕہوٚت دامانہٕ سحر وقتس

وُنلہِ اندر چھُم شوقٕی ووٕنی دم پھُٹِ گوٚمُت
ہاوُم پھولہِ وُن روے جانانہٕ سحر وقتس

ژونگ دِلُک تھووُم دِزِ وُن راتس انظر
یتھہِ تِتھہِ اندووتُم افسانہٕ سحر وقتس





بیہ سُمِتھ غزلاہ گیوٚو بیہ لول ورتاوو متیو
سونتہٕ واوس ہتۍ نیرو باغ پھٔلراوو متیو
تھاو روشُن تراو پتھ کُن ژوک موٚدُر سمیگ سوٗرے
بیہ نشاطن شالمأرن ہنٛز پھٔلے چھاوو متیو
زندٕگی پھِری پھِری یواں چھا اتھ سا پزِ قدرٕ ے کرٕنۍ
لولہ مس نارِو نٔتو ووتھ سارِنےٕ چاوو متیو
اتھ نبس چھُنہ تھر بُتھے کانٛہہ اوٗسمت از تام زانٛہہ
موٚت دِپان ووتھ خوٗنہٕ بتین وأر سگہ ناوو متیو
زاگہِ چمنس سأنٔسے گگرایہ وزملہٕ ڈوٚٹھ ترٹھ!
وولہٕ سا وأراناہ بساوو نیٛاے انٛزراوو متیو
کُنہ زٕکس یتھ سکہ ڈلس مٔنز کس ستاہ اَنظر ونان
وولہ ۂزر تراوو تہٕ جگرٕکۍ داغ اسہٕ ناوو متیو



# ژٹنۂ آمتۍ نیم گلۍ وون

ترجمہ ـــــ مؤل شاعر: پنامنوہرن

بلو چھکھ ژوٹمت
وُسوار تہ گوٚن شہجار دِوُن
سُوے نیم گلاہ یوسہٕ اوس کھڑا
ترٚہ وٲتس پیٹھ پنہٕ نس گامس منز

ہے ئبتھ نوٚن تانو کوٚڈمُت أمۍ سُند پان وُچھو
کِتھہٕ کٔنۍ سنگدِل انسانن پیٹھ
افسوس تہ واویلا وُنۍ کران
مے چھِ أمۍ سُند حال وُچھِتھ أندری سخ وأنج ژھبنان
زنہٕ راون ببنہٕ ہوٚند حال وُچھِتھ ہے بنگہ گوٚمُت
ہے کیاہ سأمانوشاشتر تے اخلاقکی درس

سأری چھا بس انسانن کڑئے
کیاہ کلمن بچأربن چھنا کنٔہے حق انصافک

پتھ کالہِ دیان

اکھ شہزاداہ اوس درامُت شأہی ٹانکس منٛز
وتہِ آو ووڑھاہ اکھ ٹانکس تل
اِد گایہ مۆنگئ ڈنڈ بادشہس
وُچھ پرأنی کتھاہ کیاہ نیمک کل. پاوان چھہِ ژتبس۔
مے ہیۆأے کرٔنی ہمدردی مۆکھے
مظلوم کلس پرژھ گأراہ ہش
پوز کس تٔمی سُند ہے اوس بدن رتہٕ دأوی سۆرُے
تٔمی سُند ہے اکھ اکھ تان اوس باسان باکہ ژٹان
تٔمی سورُے ژہنتھ لوگ وَنُن
تاپس منٛز ہا اوسُس بہ لگُن شہجار دِوان
پۆز شامہٕ کہِ وقتہٕ مے أسِم کاو تہٕ راتہٕ موٚغل
ہنگہٕ منگہٕ تتھ سأرِی ولنہٕ یوان
چکہٕ رارے کران تے شور ٹلان

بس تتھی پٹھ لوگکھ آراہ گوڈس
ٹکہٕ ٹۆک کۆرہم

بہ ہکٕس نہٕ ذٕرِتھ تہ ہیرٕوم ژلُن
پۆز تمی دِیۆتنم آلو تہ پرٕوژھن
''انسان چھا کم کربکہٕ ناد کران
تمہٕ تے چھِ لاوڈ سپیکر لأگتھ بستی منز
ہیۆر وَہراوانٕ لگھ سۆمبراوان
اِد تمن تہِ چھا کانٕہہ ژٹنہٕ یِوان یا ژلہٕ ناوان
ووشہٕ ؤژھی مٕژ گٔلی سنٕز کتھ بؤزِتھ پانے ژبُونم
ہے ژبکہ ہے نیمک گُل پرٕژھہٕ گأراہ مے چھِ کران
رسہٕ کیٚرِ گرٕھان وٕچھنس تہٕ وونُن
ووتھ نیر ژٕ گرٕھ ووٚنی ییہ زِ پگاہ
زنہٕ رام چنٛدر سورٕے جنگ زینتھ
راو نس دوہ کھنڈ مہلت دِوان



(یومِ جمہوریہ کس سِلسِلس منٛز قومی مشاعرٕ خأطرٕ ترجمہ- 26 رجنوری 2010ء)

نوٹ:-

۱۔راونہ سنٛز بینہِ سرپنا کھہ۔''رامائن'' چھِ ونان زِ سرپنا کھاہ (Sarpanakha) اُسۍ راونس بینہِ یوسہٕ لنکاپوری ہُند راز اوس۔رام جی ین یوسہٕ ایودھیا ہک شہزادہ اوس ڈونٹ سرپناہ کھاہِ تہٕ رام جی سنٛدی بھائے لکھشمنن کرُس رعب۔سرپنا کھاہ گیہ تتھۍ حالتس منٛز راونس نِشہ تہٕ ہوٚوت ہس زنانہٕ اغوا کرِتھ بدلہٕ۔

۲۔ مانو یوسہ ''مانوشاستر'' کتابہ خاطر مشہور چھِ۔

چولا خاندان کس ''مانو نیتھی چلن'' بادشاہس متعلق چھِ وننہ یوان زِ سُہ اوس بڈٕ عادِل تہٕ اِنصاف پرور۔ تمۍ سنٛدی نیچوِ (شہزادن) اوس شاہی سوارِ تل اکھ ووٹھ ژھٔنہٕ مُت تہٕ وُژھی سُند ڈنڈٕ مونگ تمۍ سنٛد گاوٗ ماجہِ/ بادشاہن دِیوت ڈنڈٕ یعنی انصاف کرنہٕ باپت آو تمۍ سُند شہزادہ تہ شاہی سوارِ تل ژھٔنِتھ مارنہٕ۔

# سُے کل چھ پھبان موٗل یتھ آسن زمینس منز

پیر حسن انظرؔ صأب چھ اُردوٗ ہس ستۍ ستۍ پننہِ ماجہ زبوِ کأشرِس منز تہِ شعر ونان تہِ یمہ چھ وونۍ کأشر شعرِ سوٗمبرن ہتھ بازرس نِش سنز کران۔ شأعری چھ اکھ ہمہ وقتی سرگرمی تہِ یہ چھ یک سوٗئی منگان۔ بہ چھس کرِ یمانہ کرٛان زِ انظرؔ صأبِ کتھہِ کنہ روٗد مصروف ترین سرکأری نوکری منز تہِ پننین جذبن تہ احساسن اظہارک جامہ ولان گرااردوٗ ہس منز تہِ گراکأشرس منز۔ زیرِ نظر کأشر شعرِ سوٗمبرنہ برونٹھ چھ اہنز اکھ اردو شعرِ سوٗمبرن ''صبا صورت'' ناوٕ تہِ چھاپ سپزمژ۔

یتھ شعرِ سوٗمبرنہِ منز چھ مناجات' نعت، کینٛہہ نظمہ تہِ غزل شأمل کرنہ امتۍ۔ یوتاں اہندِ غزل گوئی ہُند تعلق چھ اہندِ اظہارکی موٗل چھ پننہِ زمینہ منز پیوست۔ یوتاں اہندِ لہجک تعلق چھ سُہ چھ میوٗٹھ تہ موٗدُر۔ سُہ چھنہ سخت تہ کرخت۔ یم چھ روایتس نِش کُنہ کُنہِ انحراف کران مگر مُلہ تلہ چھ روایتکی پاس دار شأعر۔ روایتک پاس دار آسنک مطلب گونہ ہرگز زِ یم چھ تمنے رومانی تہ

صوفیانہ موضوعن لل کھۄل کران یم سانین پیش رو شأعرن ہندی موضوع
أسی۔

اَنظؔر صأب چھ پننہ اندی پکھ چہ زندگی منزٕ ے پنٕز موضوعات اخذ
کران۔ موجودہ خوں آشام دورُک عکس تہٕ چھ یہنٕز شأعری منز ژھایہ گتی
کران۔

ریٖشی وأرِکتھ بٔنز محشرک مأدان بنٕے مٔز
اَنظؔر دپان بلہٕ زاے یتھ خلد برینٕس منز

مےٚ چھ وومید زِ یہ مجموعہ کلام کرِ پزنہٕ پأٹھی یتی کنن ادبی حلقن منز
پزیرأیی حأصل۔

رفیق راز
باغات
۱۰ مئی ۲۰۱۴ء

# تجزیہ

پیرِ حسن انظرؔ چھِ کاشرِس ستۍ ستۍ اُردو زبانۍ منز تہٕ شاعری کران تہٕ یہنٛدی اکہِ زبانۍ منز وننہٕ آمتۍ شعر چھِ نہٕ بیکہِ زبانۍ منز وننہٕ آمتین ہنٛدِ ترجمہٕ، چربہٕ یا تکرار۔ یمن چھُ اُردو تہٕ کاشرِ علاوٕ عربی، فارسی تہٕ انگریزی شعر و ادبس پیٹھ نظر تہٕ ستۍ چھِ یم فلسفکۍ سنجیدٕ طالبِ علم۔ یہنٛزِ کلہُم شاعری منز چھےٚ عموماً تہٕ یہنٛزِ کاشرِ شاعری منز چھےٚ خصوصاً شعر و فلسفہٕ کین مختلفہٕ بعضے متضاد شعبن ہنٛدۍ اثرات ٹاکارٕ پأٹھۍ درینٛٹھۍ یوان۔ حسن انظرؔ ہنٛزِ کاشرِ شاعری منز چھُ اَوٚ ندپوٚک کہِ صورتِ حالُک احساس گہےٚ نٔنۍ پأٹھۍ تہٕ گہےٚ زیریں لہرِ ہنٛدِس روپس منز محسوس سپدان۔ اَتھ مقامیتس منز چھُ ماضی لیس پیٹھ فخر تہٕ، حالُک نوحہ تہٕ تہٕ مستقبلس متعلق خدشہٕ تہٕ۔

پیرِ حسن انظرؔ ہنٛزِ زیرِ نظر کتابہٕ ہنٛزن غزلن منز موٗجوٗد نادر ردیف تہٕ قافیہٕ ہکن آسأنی سان پرن وألۍ سُند توجہ پانس کُن پھرِتھ۔ راست تخاطب تہٕ ڈرامائیت چھِ یمہِ کتھہِ ہُند ثبوٗت فراہم کران زِ حسن انظرؔ چھِ فنہٕ کین

زٲوِی جارن وٲقف۔ موجوٗدٕ درچہِ غیر مطمئن تہٕ بےمعنی زندگی منٛز چھ پرٛ
حسن انظؔر یقینگ ژونگ ژونگ ہتھ پٔتھ سفر جٲری تھاوِتھ ییٚمہِ خاطرٕ یم پزٕ
شاباشی ہندی مستحق چھِ۔ بقول اقبال ؎

ہر لحظہ نیا طور نئی برق تجلی
اللہ کرے مرحلۂ شوق نہ طو طے



نذیرآزاد
سرینگر ۴ مئی ۲۰۱۴ء

# روزِ کیاہ افتاب کھٹِتھ

پیر حسن انظرؔ چھِ اَکھ رومانٔی مزاج بتھ برونٛہہ کُن یِوان تہٕ کریتھ حقیقت قبوٗل کرنہٕ بجاے چھ میتھِہ تخیلہٕ کِنۍ امکانن وو پداُوِتھ پننٕی آرزو زندٕ تھاوان۔ یِتھہٕ کٔنی چھِ زندگی ہندِس عذابس دول دِتھ اُلجھنوٗنشہِ بچان ۔

- ٹینڈی ژٔٹتھ اَسی میٛنڈی کھوان یِوتام اَسی
جعل سازی پتھ سبٹھاہ مغرور از
- یٔژ کاکٔ ےٚ گامُک میوٗٹھ مژھیُل شیٛہجار وُچھم
لوکہٕ چار پٔتن مژٕ نیٛندرِ گرٛھان بیدار وُچھم
- صحراون منٛز دتہٕ گھ تھوٗکُمت توتہٕ تٔمس
چشمن منٛز خوابن ہنٛز سونٛزل موجوٗدٕ ے

انظرؔس چھِ اقدارن ہندِ شکست وریٚختُک شدید احساس تہٕ سُہ چھ انسانٔی رشتن واٹھ دِنکب اوپاے ژھانڈان۔ تلخ حقیقژن ہندِس تاپہٕ شہرس منٛز چھُس احساس تنہائی تہٕ بچھان تہٕ اَتھ صورتِ حالس منٛز چھس اکوے لولہٕ گٔے

رشتہٕ کارآمد باسان ۔

- بیٚیہِ بہار آمٕت نشاطن شالمارن چانٛی درٕے
بیٚیہِ دِوان زبو چانٛی کل از لولہٕ شعرن چانٛی درٕے
- مُدے گُنڈِتھ بہ وُچھے دون وُٹھن ٹھہر تامَتھ
ژے چھی گلاب پھولان اَز کَتھن ٹھہر تامَتھ

تہٕ تِتھین شعرن منز چھ انٛظر نہِ علامتی انداز ورتاونٕک ول تہِ نظرِ گژھان۔

چُھنہٕ جہازے کانٛہہ ووتھان
سمکھنس دُشمن وُنل
کمٕ سا پھل پھٔلو ہاوی تَس
کمٕ سا پچھنس کوٚر یہِ ژھل

ییٚر حسن انٛظر نہِ شاعری منز چھِ ژٕ علامژ بار بار ووتلان اکھ شہر تہٕ بیا کھ گام۔ شہر چھ اکثر انتشارٕچ، اپزٕچ، مکاری تہٕ رِشتن ہُند شکست ورٕچ علامت ییلہِ زن گام زِندگی ہندِ حُسنٕچ، پزٕرٕچ، بہارٕچ تہٕ لوکہ چارٕ علامت بنان چھ ۔

چھ شہرس اندر یس وُں تَس حال یکسان
پھیکین پیٹھ پٔن سر گو بیومٕت ژے وُچھتھاہ
گامُک گاسہٕ پشاہ چھنہٕ از کل موجوٗدٕے
کٔتِ جبن چھنہٕ جایا نظرن تل موجوٗدٕے

پیر حسن انظؔر چھ پننہِ شأعری منز اظہار کہِ حُسنٕک شعور تھاوان۔ سُہ چھ زبأنی تخلیقی سۆتھرِس پیٹھ ورتاونک ہُنر بڑٕ اصل پأٹھی زانان تۄے چھُ ونان۔

ناگہٕ جوین دِل نِوان اظہار میون
پوشہِ نۆلاہ ییٚلہِ گبوان کانٛہہ شعر میون



اسمٰعیل آشنؔا

بنڈ پور۔۲ر مئی ۲۰۱۴ء



پیر حسن انظرؔ صاأب چھ اردُوہس ءستی ءستی پننہٕ ماجہِ زبوِ کاأشرِس منز تہٕ شعر وَنان تہٕ یمہ چھ وونی کاأشر شعرٕ سۆمبرن ہیتھ بازرنیر نکھ سنز کران۔ شاأعری چھ اکھ ہمہ وقتی سرگرمی تہٕ یہ چھ یک سُوئی منگان۔ بہٕ چھُس کرِ یمانہ کڑان زِ انظرؔ صاأبِ کتھہٕ گنز رۆ دمصروف ترین سرکاأری نوکری منز تہٕ پتھٕ جذبن تہٕ احساس... جامہ ولان گرا اردُوہس منز تہٕ گرا کاأشرِس منز۔

یوتاں اہندِ غزل گوئی ہُند تعلق چھ اہندِ اظہارکی مول پٕھ پیوست۔ یوتاں اہندِ لہجک تعلق چھ سُہ چھ میوٚٹھ تہٕ موٚدُر۔ سُہ چھُنہ ... تہٕ کرخت۔ یم چھ روایتس نش گُنہ گُنہِ انحراف کران مگر مُلہ تلہ چھ روایتکی پاس دار شاأعر۔ یمہ چھ پننہ اندی پکی چہ زندگی منزے پنٕنی موضوعات اخذ کران۔ موجودہ خوں آشام دورُک عکس تہٕ چھ یہنٕز شاأعری منز ژھایہ گتی کران۔

رفیق راز

## انظر پبلی کیشنز بمنہ سرینگر


شالیمار آرٹ پریس سرینگر

Ph.:0194-2474972